کتابہِ ہُنٛد ناو : دۄ رپہن دیوارن منٛز

چھپن وٕری : ۲۰۱۷ء

شأعر : شہناز رشید

کمپیوٹر کمپوزنگ : جمیل انصاری 7298903208

سرورق : جاوید اقبال، سوپور

تعداد : ۵۰۰

قیمت : ۶۵۰ روپیہِ

چھاپ خانہٕ : تاج پرنٹنگ سروس، دہلی

ناشر

نوید پبلِشرز سوپور کشمیر

# انتساب

---

تہندِ ناوٕ

یِمن نٕہ ناوہنٕہ وول تہِ کانٛہہ چھُ

گُلاب ہرنۂ ووتھاں دگ رُمس رُمس میٺآئِنس
یہِ دود وآئنسہِ یتِھے ئُنز مےٓ نِش قرار ئرِن

اکھ شار پننہِ نعیمہ شہناز نہِ ناوٕ

برٕ برٕ کس تگٔی تس رٔوس روشن ژأنگی کرٕنٕ
تس رٔوس کس توٚگ قأد کرُن زانٛہہ موچھِ منٛز واو

# ترتیب

..................

ییٚلہِ ژودأہم زٕون آلوزاٗنہہ دِوان
ییٚلہِ چھس پھٕٹہٕ متی نبکی تارکھ پہو اں شامن چھِ یاد
ییٚلہِ تہِ پوٚنپرِ گتھ ژہتس پاواں
امارِ چ داستاں

یاسبٔھاہ کاٗنہہ پرٛ ون
قلمی نُسخہٕ ہیوٚ

ژھیوٚ نمُت ، رٕنیٛو مُت روے

وتہِ پیٹھ

روٗدِشرٛ انہِن منٛز چُھ سمکھاں
گُن تہٕ پرٕ ژھیوٚن
زن سیکستانن یِواں سہلاب
ستھ سمندر  زن تہٕ چشمن ژھٹھ کڈان

☆☆

# زرٕ، زرٕ تخلیق

ییٚلہِ نیوٗل نب شہُل گاشہِ ورشُن چھُ کراں، پوشہِ ہٕندس وولسنس یتھ نژنس تہٕ شُری باشن چھنہٕ کہنٛہ سیاہ ژھاے وتھ ژٹنچ ہمت کران۔

لوٕ، پڑٕ یتھ دوہ صُبحٕے گُلا بن برگہٕ برگہٕ چھلان......تہٕ گُلاب ژھیٚنہٕ گمژن چشمن تلاش کرنہٕ خاطرٕ پننٛہ خوشبوطرفاتن کُن سوزان۔

سڑکہٕ ییٚتہٕ تھکہِ متین پدٕبن دوہ لوٗ ستھ گرٕ واتناوان چھےٚ، تتہِ چھےٚ یم ژھیٚنہٕ کرنک بأعث تہٕ بنان۔

ہردچہِ اَکی دٕ ہنہِ حساس أچھن زردی پھیران، تہٕ پوشہِ نوٗلس اچانک ہٕٹس ٹُلہٕ کٹرلگان۔

وِجہِ واوباضے کُنہِ رنگہٕ شِکارِکانہِ کانہِ کران، تہٕ وُچھاں وُچھاں واریاہن أنن ہاے پاوان۔

زوٗن ییٚلہِ پڑٕ یتھ ژودأ ہمہِ شبہٕ پتہٕ ژھوکُن ہوان چھےٚ، خبرٕ کژن پنجرٕ دارٕ بن چھِ سَرف اویزان گژھان۔

لبہٕ نُک تہٕ راوٕ نُک یہِ ست رٕنگی منظر چھُ پھِری پھِری ونان زِ آسمان کس نیٖلس گُنبدس تل یہِ کیٚنژھا نظرٕ گژھان چھُ، سُہ چھُ بےبسی تہٕ بےثبأتی ہُنز شیشہِ خانہٕ تہٕ ......تہٕ اکہِ عظیم حأرت خانُک آنگُن تہٕ۔

انسان ہٕنز بدنصیبی چھےٚ یہِ زِ سُہ چھُ قدرت کِہن رنگن تہٕ نظارن ہُنز حض تہٕ ٹُلان، تہٕ تمن پاتالس والنُک سٕنز تہِ کران روزان۔ سُہ یوٗتاہ خالقِ کائنات ہٕندس منظرنامس وژھوأ چھووُچھنس منز کامیاب گوٚو...... تیوٗتےٗ گوٚو تسُنٛد سینہٕ معرفتہٕ نِشہِ خألی سپدان۔ بنی آدمن یُس فطرت مخألف کارگہہِ حیات ترتیب دیُت، تمی چھےٚ اکہِ ہأبت ناک طِلسِم خانٛچ شکل اختیار کرٕمژ......یتھ منز دأخل سپدَنہٕ باپتھ ہتہٕ بٔدی درواز چھِ، مگر نبر

نیرنہٕ خاطرٕ فقط اکھ بر............سُتہِ وُنلہِ وٕلتھ۔

یہِ صورتِ حال ییٚلہِ وِجدان تہٕ مُشاہدٕ کرٕ ڈرٕ ی چھِ مُژراوان چھےٚ، کانٛہہ حبس آگاہ چھُ فِکرِ ہنٛدِس سۆ درس زول دیُٚن ہوٕ ان، کانٛہہ جامن چاکھ دِوان، تہٕ کانٛہہ پان مأرِس واتان۔ فنکاریا تخلیق کار چھُ پننِس زاےٚ وِجہِ ہُنر مندی ہٕتی پُر جمال پیکرن تہٕ منظرن ہمیشہِ عکسا واں رٕ دمُت۔ عالمِ تخلیق کین یمنے سبزٕ زارن تہٕ سنگلاخن ہُنٛد یُس وَتہٕ گتھ کینٛہہ وٕ ری برٕ ونٛہہ ''دود کھٕٹتھ گُلدانن منٛز'' نأوی اثاثہٕ ہتھ بازر وژھاو، سُہ دژ اویمہِ رنگہٕ خوش بخت زِتیسٕندِ باوٕ ژبلک آلوبٕ زِتھ مُژراٗوی واریا ہو سُخن شناس شیشہِ خانو پٔتنن برن تأری۔ یۆ ہے سَنہٕ وُن احساس أچھن تل تھأوِتھ دژ اوسہٕ مُسأفر'' دٕ رپہن دیوران منٛز'' ہتھ از دُوبارٕ شہرِ سُخن کین دیوان خانن گُن۔

شہناز رشید

۱۶؍جولائی ۲۰۱۷ء

# حأرت خانہٕ چہِ بالا درِ پیٹھ

شٕچ زٕیٹھ ژادرتہٕ تتھ تل چھےٚ
مس ہٕند رِووسہٕ دژ وس دوہٕچ
خواب پأران پگہٕکی
نٕبکی شوُخ تارَکھ
کراں صُبحکِس مئزِلس لعلہٕ ورشُن
چھےٚ دار ہٕن برَن، آنگنن
زوٗن مس نأگراواں

سحر بُتھ چھلاں ہرموکھس، سنگرن، یارِ جتگلن
ملأ یِکھ برن تأری مُژراں
وتن پیٹھ دِواں تاپہٕ ٹیٚکی بوسہٕ قدمن
کھہن سبزٕ زأری

اساں گُل

کراں باشہِ پوٖنڑی

چُھ پھیراں وچھن سڑ یٖہہ

أ چھن ناگ سپدان

ناگن یکا یک پہوٖاں یادآ گُر

ڈیکن پیٹھ گہاں معجزن ہنٖز عبارت

''فقط ژٖے، فقط ژٖے

فقط ژٖے، فقط ژٖے''



# پڑر

سۆ درس سۆمب وچھ
قطرس سۆمب آ کار
دارِ ہنگس پٹھ
تھرِ تھرِ کرِ وِنہِ شمہُک گاش
بارجہِ کنڈٕ ن پٹھ نپہِ نپہِ کرِ وِنۍ نوزُک پٔدۍ
پوشہِ برگ ہِوۍ وُٹھ تہِ تِمن پٹھ
زہرُک مٹھ

پزرس چھُنہٕ کانٛہہ گرٕ بزوُن بازر
گاشہِ سمندر
مخملی بستر
یامہٕ تھ
زانٛہہ راس یِوان



# فریب

شیٖنہٕ ٔسری ییتھ ونس اندر ژھاران
بس أسی یاتٕ ما ساۂ راتس ٲسی
شہہ وچھن ہٕنٛدی، الاوٕ تیٚمبرٛن مٔنز
بس أسی ما منٛگان راتس ٲسی
گاشہِ آکاش، آفتاب ربس
بیٛاکھ کُستام تے اَسی ٔستٕ اوس
وارِیاہ یار ہے اسِی ٔستٕ ٲسی
پۄٚرٕ راتس تِمن تہ چشمن مٔنز
ٲسی آنٛگن پٕنٛزی، پٕنٛزٕ پرٛٔزلان
تِم تہِ شُری باشہِ ٲسی للناوان

أٔسی پھِری پھِری گبوان منزٔلی بأتھ
تِم تہٕ بوزان أٔسی پۆزٕ شبس
ناد لایُن سُہ ہارِ ہُنٛد طوطس
گاش یِتھ کونہٕ کانٛہہ وٕں نظرِ گژھاں
واریاہ یار ہے اسی ہٕستی أٔسی
شینہٕ سری یتھ سیاہ ونس اندر





زٔول ہیؤ خستہٕ برس نِش باسان
یادِٕ وُترِس چھےٚ یہِ پزٲوِش باسان

از تہِ رُم رُم چھُ سیٚکستاں مےٚ وُہان
از مگر أندرِٕ مےٚ بأرِش باسان

تٕس دزُن اوس لیٚکھِتھ لانہِ، تہٕ دٕز
سوے توَے أس شمع ہِش باسان

کم نظر آسہِ، تیِتھےَ ما آسبس
زٔونہِ ہُنٛد داغ نمأیِش باسان

کأنٛسہِ آساں چھُ تھزر تورَے ستیٚ
ہر موٕکھٕچ کأنٛسہِ سُفأرِش باسان





چُھ کوہِ قاف ژٕنِتھ مردِ حق یِواں سوٗنۍ
بےٚ وایہِ وۄڈھ تہٕ چُھ تُندرس حیا دِواں سوٗنۍ

سُہ حرفہٕ حرفہٕ وُٹھن پیٹھ چُھ یُس دلیلہٕ گرٛن
تہٕ یتھ نہٕ کانٛہہ تہِ چُھ باواں، سُہ داستاں سوٗنۍ

چھکھ آبہٕ مشکہٕ نکھن پیٹھ، تہٕ سکھ بٔرِتھ ہلمن
عجیب بانٛبرِ ہۄت یُس وِ سُے دَواں سوٗنۍ

وُجار وولرٕ بٔتھِس ءستی، واوٕ ہالہِ اندر
کمِس نہٕ پےَ زِیہِ کُن زۄن شمع دزاں سوٗنۍ

اگر وُچھو تہٕ اچھ سیر سیر سأنی میٔژ
اگر سنو تہٕ یہِ مکتب سبق پڑاراں سوٗنۍ



# چون کُنہ پُھم وَچھ کوٗ ران

واوس ستی لاٗجتھ یارٕ ز

دوہ جورہ

واو اٚچھو رؤس

تس چھاپے تٔمی کِتیاہ گرٕ گرٕی پشہٕ رؤس

گاش اٚچھن منز موجود اوسے

کوٚ رُتھ نہٕ برداش............

پھٹٕ متس دِوداٚر وَنس منز

رودُکھ کُن زؤن نالہٕ دِواں

خوشبوٗ ے آنگنی دزٕ اے تہٕ ہیٚر تھن مو چھِ مو چھِ سوٚ مبراوٕنی

معلوٗم اوسُے

خوشبوٗ چھنہٕ زانہہ کاپہٕ یِو ان

اتھ چُھنہٕ کٲنٛہہ وجود آسان
آیہِ تہٕ گٔے
گُن زوٗن روُد کھ دروازس پیٹھ وتن وُچھان

لٔہرٕ وہ تھاں دٔرِیاوس ڈیشتھ
سو نہٕ سُنٛد تمغہٕ ژٔے پرٛ بزلیٖوے چشمن منٛز
سونٛچُتھ تارٕ ترس
شِکاٗری اٲسے وُنہِ بُٹھسے پیٹھ
دٔرِیاوس دِیُت دام
خبر کٔمی سمندرن
ہِپہ ہِپہ کران موٗ دی خواب
گُن زوٗن روُد کھ یارٕ بلس پیٹھ گُلی موٗ ران

چون گُنٛبر ڈیشِتھ چُھس سونٛچاں
کوتاہ ناداں دزٕ اکھ
پےَ اوسُے نا؟؟؟
واو چُھ بُتھِ روٗس آساں

خوشبویس چُھنہٕ بدنے آساں
دریا تابع آساں سمندرن

چون گُنبر چُھم وَچھ کوٗران





پست قد ڇُھس ڪيئنهہ وُڇهاں، ڪيئنهہ ٿهدي وُڇهان
ڪاروانن هئنڌي، يتُھے ڇُھس، ئڍي وُڇهان

بسي تيَن أندي أندي ٿهداں گئے ڪوه تهٕ بال
دستِ رحمت ڇُھس تمو نِش ٿهئدي وُڇهان

أسي وناں شايد ڇهِ ئلِي تارکھ هُمن
أسي ڇهِ شايد آسمانکي گئدي وُڇهان

آسِهے ڪائهه بأگراں دنيا يپأري
پڑٕتھ ئڍِس پپٕٹھ ڇُھس بہٕ هتھ هتھ ئڍي وُڇهان

تِهرِ پيٹھي پرواز ڪوٚر جاناورو
گُلي گوڈس تل أسي ڪيئنهہ پر ڈئدي وُڇهان





چھس بناوِنۍ پیٚواں تتِۍ دریاو
رہ مُسافِر وچھاں کہٕے دریاو

سوے اچھن آب، سوے وچھس وہرات
میانہِ باپتھ سو گاشہِ لٕے دریاو

نٕٹ وزُن ہیوٗ رگن اندر مےٚ گرشھان
میٚون رُم رُم وناں زِ بٕے دریاو

شام یِوِنۍ دِژاکھ ٕخمن نار
چھم پیٚواں یاد شامسٕے دریاو

ہُتھ کُٹھِس منٛز چُھ اکھ تٕہ نجدٕ چُھ بیٛاکھ
نظرِ از تاں گٕمتۍ مےٚ زٕے دریاو





پڑٕ بزلاِن اوس عأنہِ شمع راتھ کیُٔت سُہ رتھ
پوٚنپرُ گٕہنٛز تہِ اوس نہٕ تتھ گٔریٚ نہٕ کأنٛسہِ گتھ

بازر کڈتھ ضمیرٕ، کٕنَتھ دٔے دوٚہس لُکن
شامن بہٕ پھُٹجہِ پھُٹجہِ عیالس ژٕ بأگرتھ

خواجہِ خضر! بہٕ روتلہِ شہرس اندر کھوژان
زُوحض وندَے مےٚ ہاو تہٕ جنگُل کپأریٚ وَتھ

پےَ چھُم نہٕ سأد صأبنہِ نیرِتھ یہِ کیٚاہ سپُد
پرٕتھ طرفہٕ نظرِ آے مےٚ کوتر زٕ ڈاے ہتھ

میانٛن تِمن گُلن ہُنٛد اگر سورمہٕ چُھکھ تہٕ ژٕ ے
ہے میانہِ سوٚرِ ڈیرٕ اچھن منٛز بہٕ تھاوٕ ہتھ



# التجا

دوٚکھن کانٛہہ دِلاساہ، چھوکن کانٛہہ دواہ
ژٕے نِش چھا یہِ بُڈٕ کتھ خدا چُھکھ، خدا

مےٚ آنگُن خبر ہِکتہِ کالُک ووداٚسی
ژٕ چُھکھ خوش لحن بُلبُلن ہُنٛد صدا

بہٕ ما پوشہِ واوس ژٕےٚ چھےٚ دسترس
مدد کر، مےٚ رچھتن یہِ کُن زوٗن شمع

یتیم آنگنن کُنٕ تہِ کیٛنٛہہ گہنہٕ سوز
بےٚ کس کورِ لگٔی چھَتنہِ سأری طمع

مرٕزٕ یۆسفنٕ، زوٗنہِ ہٕنٛدی گُرٛژھ نہٕ خواب
مُسأفر امارٕکی مہٕ سپدِن جُدا

کۄتامتھ ہرُد، اؤبرٕ نب، زمہریر
بہارہ، گُلاباہ، سکوٗنٕک شباہ





نہ کانٛہہ خوٚشی، نہ غمٕے کانٛہہ سو بأگرأوِتھ گٔے
تمام بُسٕی تِیٕہ للہٕ وُن یہِ دود تھأوِتھ گٔے

چلو یہِ مون زِ قندہارٕ چھِس خلق پڑاران
مےٚ ژندہارٕ کُنٕۓ زوٛن سو کیازِ ترٛأوِتھ گٔے

مےٚ پوٚرٕ رأژ وجودس سنٛایہِ شیٖشہِ فقط
سو زوٛن پنجرٕ پٹھن از تہِ پان چھأوِتھ گٔے

یہِ کتھ چھےٚ وکھرٕ زِ تم درد مند أسی نہٕ کینٛہہ
ہُنرمند أسی تہٕ کترِوی مکاں بنأوِتھ گٔے





پژ ہتھ دارِ چشمِ نم تہٕ برس انتظار ناو
شاید گژھاں چھےٚ ییٖرِ تِمن بار بار ناو

افلاک، رقصِ گُل تہٕ رگِ گُل، صدائے دِل
حأرت چھِ داوِ داوِ چُھ پروردگار ناو

شُری باشہِ، سورمہِ چشمہِ، موءللو خواب، یارِ جاں
سۆدرس اندر چھےٚ ناو، تہٕ تتھ بے شمار ناو

زخمن ووتھان کرٛأُلی، نہ چشمو ہراں چھِ خواب
کتھ سونٛتھ چُھکھ وناں، ژٕ کراں کتھ بہار ناو

تتھ پرٛگنس زبان تہٕ باؤژ بلٕے عجیب
تیۆنگلن گُلاب، زۆنہٕ چُھ مُہمل سِپار ناو



# گاشہِ طوفان......!!

لٔر پٔژ
آنگُن پٔژن روم
تہ روُم پان تام

ہرموکھس پپٹھ وۄنہِ ہرٛش کانٛہہ
وُنلہِ ہٮ۪زژادرخدایاسوز وٗلی وٗلی
گاشہِ طوفانس اندر چُھنہ
نظرِ بلکل کیٛنٛہہ یِوان

☆☆

# یێلہِ باشن ناش چُھ سپدان

(تِمن سارِنے شُرِ بن ہِنٛدِ ناوٕ یم آیہٕ ، نارٕ ، بارۄدٕ تہٕ سڑکہٕ بُزِ گٔے )

یہِ نظم چھےٚ بُنیاًدی طور۴/اپریل ۲۰۱۳ء کہِ شامہِ تخلیق سپز مٕژ ، تَمی دوہہٕ یێلہِ کأنڈی وورانت ناگہٕ أکِس سکوٗل بس حأدثس منٛز اکھ درجن پیٚٹھی سکول بچہِ جاں بحق سپدی ۔

پٔننن ، پٔننن آنگنہٕ کِٹھن اسمانن پیٹھ
شامن بأگی ،
پژ بزلنہٕ بژٕ ؤنٹھے
آیہِ ہٕرِتھ تِم سأری تارَکھ
سُلہِ صُبحأے دژ اٮ۪تی یم أسی
گاشس وۄن دِنہِ
نوزُکھ نوزُکھ گاشہِ زٕ ژٕوستی
گرِ کِٹھن بَرن تہٕ دارٕ بن
چھلنہٕ ورأیی ،
ماجن ہٕنٛزن پۄژَن
وُٹھِ کُمجارُک موختہٕ تہٕ بندرِ

جرنہٕ وَرأیِ
وٕتھی تِم نٕچن نٕچن قبرن منٛز............
سأری بیگ کتابن ہٕنٛدی
بٔیہِ خوشبوٗ ژَھٹہٕ وِنی لنٛچ بوٗکس
پیٚتی ترٛ اوِتھ............

پےٚ چھاٮ۪ کتِس کالس روزن
یِم لاوارثِ بیگ تہٕ لنٛچ بوٗکس
پننٮ۪ن سکوٗل باجن وتن وُچھان......!!!
قلم، کتاب، کاپی
لنٛچ بوٗکس
یا سکوٗل بیگ چھِنہٕ ژٕنٛہے مران
یا
مارنہٕ یِوان......!!!

☆☆



سوٚنٛتٕک یُتھےٚ سُہ برگہٕ صدا سۆن گُن یِوان
یژ کأىلی زنتہٕ دستِ شفا سۆن گُن یِوان

ژانٛگبن دِواں چُھ گاش، أچھن منٛز تھوان خواب
پرٛ ہتھ دوہ چُھ شام وقتہٕ خدا سۆن گُن یِوان

گوڈٛنبتھ یِمو دپیٛو مےٚ، دُنیا چُھ یُن گرٛژھن
تِم جانہٕ وار از تہِ شباہ سۆن گُن یِوان

کاٛنہہ میٛانہِ شوقہٕ ما چھےٚ اناں زۆن لوٛنچہِ منٛز؟
کاٛنہہ کھوژی، کھۆژی روتلہِ ما سۆن گُن یِوان؟

پرٛ ہتھ ؤری یہِ، دوہ زٕ ڈاے پھولاں کیٛازِ صحن میٛون
پرٛ ہتھ ؤری یہِ، کیٛازِ یارِ دغا سۆن گُن یِوان





پۄرٕ پےَ چُھم زِ کیا بۭہ سۆمبراوان
شمع زاۤلِتھ ہوا بۭہ سۆمبراوان

طعنٕہ ییٚمہِ دِتۍمےٚ لا بۭہ سۆمبراوان
گرٕھ تٲمِس ون زِ آ، بۭہ سۆمبراوان

بار ہا چُھم ژلاں یہِ زالہٕ مژٕی
بار ہا زۄنہ گاہ بۭہ سۆمبراوان

کارواں یم تہِ گٲژ ییٚتہِ سپدٕیاے
چُھس تِہندی خواب ہا بۭہ سۆمبراوان

گٲہنڈِ باپتھ بےٚ سوز وقتس مژٕ
پوشہِ نۄلُن صدا بۭہ سۆمبراوان





نہٕ زوٗنہٕ راۤژ اندر یاد ٹاۤٹھی یار گٔرِن
نہٕ تارکھٕے تہٕ نہ زخمٕے پٔنٕز شمار گٔرِن

سُہ زرد واو شاہ باغ وۄتھ تہٕ واپس دژاو
کِہنٕژ کۆرُن نہٕ، فقط پوشہِ مُتٕ بمار گٔرِن

گُلاب ہرنہٕ وۄتھاں دگ رُمس رُمس میاٮ۪نس
یہِ دود وآنٕسہِ تِتھےَ کنٕز مےٚ نِش قرار گٔرِن

تمام بٔسی تِیہِ زاجن، تمام ژاۤنگی ژِھیٚوِن
نشان میلہٕ کَنہٕن ہٕندی بےٚ اعتبار گٔرِن

شمع، کتاب، غزل، دِل، جِگر، نظر، شہناۤز
عجب شِکاۤری، اکی تیٖرٕ ستھ شِکار گٔرِن



# سوے زمین سٕے اسمان

سبٕٹھاہ اَسی بُڈی
سأنی پتھ کالہٕ وقتکی بزرگ
تہٕ دُنیا تِمن اوس آساں سبٕٹھاہ نِیُگ
یُہے بیٛأکی دانس برابر
تھواں اَسی موچھِ منٛز بند دُنی یِہس تِم
نہ مرِٛ ھ گٲر
نہ لبہِ پپٹھ کُلا کِے تِمن اوس آساں
توَے صُبح اوسُکھ یِواں صُبحہٕ وقتَے
تہٕ شامُک وقت شامسٕے بأ گر ............
تِمن نِش گیاو سوٛنتھ
گوٛنگُل کرُن سبز زارن
تِمن نِس ہرُ د اوس
ووسہٕ درٛ وس کھلن ہٕنٛز

تِمن اٗس گرٛشمس اندر بۄنٛی
معصوم سنٛزِ ماجہِ ہندی پأٹھی
ہوہوکران............
وندُک شیٖن اوسُکھ رچھاں آش
باغن، کولن، ناگہٕ رادن

عجب قرنہٕ پھِیُر گۄو
چُھ اختابہٕ کأجِس کھساں سانہِ وقتُک
تہٕ لوساں نصف راتھ وأتِتھ
نہ سوٚنتس اندر سوٚنتھٕ سمکھاں
نہ ہرُدے اژاں ہرِدٕ کالن کھلن منٛز
نہ بۄنی کلس پپٕھ رٹاں گرٛشمہٕ ژٕنجن
نہ شیٖنے وٚندس منٛز پراں محلہٕ کِس کُنہِ گرس منٛز
تیٚلکِی پأٹھی گُلریز

☆☆



دپاں ٲمِس چُھ گھاں آفتاب داغن منٛز
تس آسہِ ژوٗرِ بہتھ کانٛہہ ثواب داغن منٛز

یہِ میٛون داغ تہِ رَلِہے وں داغدارن ہٕتی
ژےٚ ما سا جایہِ رژھا دستیاب داغن منٛز

ژٕ وُچھ زِ لوٗکھ کرن ''داغہٕ، میانہِ داغہٕ لگےٚ''
ییٚتھےٚ وُچھن سُہ پنُن موٚت شباب داغن منٛز

چھلان آسہِ یہِ اَش وانہِ کانٛہہ پنُن دامن
ژٕ ییتھ ونان مےٚ گوٚو نظرِ آب داغن منٛز

چھِ چانہِ نظرِ جہاۓکی گُلاب داغےٚ داغ
تہٕ میانہِ نظرِ گُلابےٚ گُلاب داغن منٛز





سپداں چھےٚ اگر چانڈِ، سونس، برگِ گُلس خاک
یَم چیز منگس کیٛازِ، سیوٚ دُے کونہٕ منگس خاک

رُسوا مےٚ کراں روٗد یُھےَ بانہٕ أزیُگ تام
کشکول چُھ میٛونُے تہٕ بہٕ از پانہٕ برس خاک

پڑٕتھ قدمہٕ جنونٕچ یہِ گرٕد نال ولاں چھم
شاید چھےٚ لیکھِتھ لانہِ مےٚ دیوانہٕ دِلس خاک

چشمن مےٚ وُزاں ناگ، کتھن پوش ہراں چھِم
ہرگہہ مےٚ پڑٕژُھن کیٛاہ ژٕےٚ وچھس منز، بہٕ دپس خاک

پر، یام یِواں لتس تہٕ تِتھےُ چُھکھ سُہ دِواں ٹکھ
کیٛاہ پےَ چُھ، خبر کیٛازِ سٕبٹھاہ ٹأٹھ چھےٚ لتس خاک





عجب، یقینہٕ رؤس یہِ کرٛبکھ، ژوپأری وانہٕ گٔے
ییٚمِس تہِ موٗختہٕ مال أس، تس سو دانہٕ دانہٕ گٔے

یہِ زۄن لٔج نہٕ ٲلی درَس، ڈٔکس لۆگُس نہٕ داغ ٲلی
دپان یوٗسفُن وطن، سوار کیٛنہہ روانہٕ گٔے

یپأری وأنٛس گٔے درٕیچہِ گٔلی تہٕ برٕ گٔمتیٔ چھِ ژٔری
یٚمو وتَو مےٚ کأنٛسہِ ناد لاٚیٛنس زمانہٕ گٔے

وُٹھن مُہر لتس أُس، پۆز زبان أچھن تہٕ آسِہٕبس
اکُے یہِ دود چُھم دِلس، سو کونہٕ تور پانہٕ گٔے

سُہ گُس قزاق، لیس گرٛھاں چُھ نظرِ از امیٖر کأنٛہہ
سُہ گُس وچھس کراں قُلف، زِ خألی تِم خزانہٕ گٔے



# کتھ میٚژِ گو سون!!

گُلہٕ منٛزٕ نیراں گُل چھِ تتھےَ کنٛز
تھرِ منٛزٕ تھٔر
کنہٕ منٛزٕ نیراں کٔنۍ چھےٚ تتھےَ کنٛز......
یارِ چھٕجس تل یٲر تتھےَ کنٛز
هارِ وَچھس منٛز هٲر
تارکھ مالہٕ تتھےَ کنٛز تارکھ مالن أندی أندی پھیراں
زۄنہٕ زۄاں سُے ژٔندٕر
ژٔندرس سپداں زۄن تتھےَ کنٛز
لِوپۍ بزلاواں پۍو، تہٕ پۍو وشناواں
ہٕندر یمۍ بُتراتھ تتھےَ کنٛز
بُترٔ ژہُنٛد انسان......؟؟

بُترأ ژھُنٛد انسان سوٗنِے سون سپد یوٗ مُت
نظر تہِ سوٗنہٕ سٕنٛز
قدم تہِ سوٗنہٕ سٕنٛدی
جِگر تہٕ سوٗنہٕ سُنٛد
طلب تہِ سوٗنہٕ سٕنٛز
بُترأ ژھُنٛد انسان چھُ ہےَ بنگُہٕ سوٗنچان......
کوٚت گوم سُہ میٚزِ ہُنٛد پان
ییٚمہِ منٛز نیراں آسی قلندر،
ییٚمہِ منٛز انساں نیراں آسی

☆☆



سبزار، زرد خواب، سُرخ نب، سِیاہ کتاب
پمپوش، کھِل وِٕتھر، تہٕ ستےَ گز چُھ آفتاب

پردیس، روٗد، واو، سمندر، سفر، گُنبر
بد رایہِ، انتظار، تہٕ پڑٕتھ قدمہٕ ،گردِ آب

وہرات، شینہٕ بال، وولُر، اہرٕبل، لِدر
دریاو، نالہِ ، ناگ، اچھن منٛزٕ نہٕ کأنٛسہِ آب

پوٕنپری، گُلالہٕ، گٔترجہِ، ژٕنٛز پوش، نیوٗل نب
رٔژھراو أچھن اندر ژٕ، یہِ منظر چُھ لاجواب

دِلبر، بہار، نغمہٕ، امار، آٔنہٕ، اورِزوے
ددرایہِ اوٗش ہران تہٕ سیٚکِلبن پھولاں گُلاب





ہرِ ی تن چھوکن یہِ خٔون، زخم رٗوزی تن مےٚ خام
وُچھِی تن امی بہانہٕ خلق میٛون درِدٕ گام

کاشٕرھا گرِو سا زٗول گرن، آنگنن، وتن
نوزُکھ چھِ ساٗنی خواب، یَمن کھوژٕ ناوِ شام

پڑٛبتھ رأژ تارکن چھِ پڑٛژھاں میٛون پےَ پتاہ
مندورِ ہشٕز سو زٗون، تمِچ پنجرٕ ڈب تہٕ بام

ازتام پیٚو نہٕ زانٛہہ تہِ سُہ ونواس اتھ کُڈن
ازتام کوٚر نہٕ میٛون قلمدان کأشُرِ رام

کانٛہہ گُکلہِ جٗوری صُبح دم اسناوِ سرحدن
کانٛہہ گٗولی شام وقتہٕ تمِن مارِ، تھاوِ پام





دزان روٗد أچھن ہُنٹ الاو پوٗڑ شبس
توَے یہِ قاۂفلۂ سورُے بچاو پوٗڑ شبس

کہٗنٗ نہٗ شک زِ بہٗ حبشی غلام چُھس لیکن
یہِ کُس منٗگاں مےٗ ڈبلُک آمۂ تاو پوٗڑ شبس

گرٗھان کیٗاز نہٗ اُتی اُتی اُمس کہنٗ حاۂصل
ہُراں چھےٗ ڈینٗجہِ اگر داو دوا پوٗڑ شبس

وٗں گاش پھوٗل تۂ لوٗگُم پےَ یہِ اوس میٗونُے پان
کنن گیاو مےٗ پھُٹُنگ صداو پوٗڑ شبس

سُہ کمرٗ از تہِ گرٗھاں گاشہِ سُری چُھ میٗانی ستی
دزاں چُھ ژانگہِ تتہِن میٗون ناو پوٗڑ شبس





یتھ گاٹھس پیٹھ میٲنٛز نظر سپداں صحراو
دزوُن پِل چھِم باساں پڑٕتھ کاںٛہہ پکہٕ وٕنی ناو

میٲنی لرِ منٛز ڈایھ چھُ تڑاواں تھوٚکمُت شام
میٲنی آٮ۪گنٛز صُبحَ، صُبحَ نیراں کاو

دۆ پمَس سینس منٛز چھُکھ، دۆ پنٕم قلُف کرُس
دۆ پمَس چشمن منٛز چھُکھ، دۆ پنٕم گرٛڈھ خرچاو

پرُٛژھمس، لرِ ہٕنٛز خوشبو، تھرِ ہٕنٛدی گُل کوٚت گٔے
دۆ پنٕم زاںٛہہ بوزُتھ نا، سٔنٛز ژۄر آنٛگن ژاو

بۄ، بۄ کس تٮ۪گۍ لتس رۄس روشن ژۄٲنگۍ کرٕنۍ
لتس رۄس کس توٚگ قٲد کرُن زانٛہہ موچھِ منٛز واو

ہٕتہِ یم سأری دردِستاۓنکۍ پرٕدٕ تٕلِتھ
ژٕتہِ کھنہٕ بل تا کھادن یار، سُہ گُدرُن باو



# تِم گِندن تماشہِ

لوکچارس منز گِنداں بہٕ اوٗسس
اکثر
صُبہِ پیٹھٕ شامس تام
کُنہِ وِزِ اوٗسس الوٗنٛد گرٛھاں
موٗحتہٕ جرِتھ تتھ نالس ماجہِ ہندِس
کُنہِ پوٗٹ جرِتھ دامانس تِہندس اوٗسس
وٛنٛدٕ کالس منز
ژٕنہِ پھلہِ ستۍ اڈٕ پھلی پوٗش بناواں
کُنہِ کُنہِ اوٗسس گِنداں،
مأۍلی سٕندِس بہہ کانٛل چھالتس
بٔیہِ تتھ وال گُلاکس
وٚقتس ستۍ یُس اوس نہ پکہِ تھےٕ ہیو کمُت ......
کأنی پیٹھ اأس زِچھِ بٔینہِ ہنٛز
چوٗ نہ جرِتھا کھنپہٕ نپہٕ کرِوٕنی واوِج

ییٚلہِ زانٛہہ شامن ڈبہِ پٹھ ِگند ہس،
تارکھ اٚسی باشہِ کران
باضے ِگنداں بہ اوٗسس
نچہِ بیٚنہِ ہٕژن ستہٕ رنگی پٔنپری ِکلپن،
شیشوِ بونگرٕ ن
باضے اوٗسس لوکٕٹس بٲے ہٕشٕز ربڑٕ بالہِ
ہنگہٕ منگہٕ گدی کران!!!
شایداوٗسس اندری حسد کہِ نارٕ دزاں،
زٕاٚ خر کیا زِ یہ بال
صُبحے صُبحے آنٛگنہٕ مٔژُک شبنم چھاواں
شامن زٔنہِ ِگنداں............

ازووتھ یژ کالی پھرِ تلہ نٕنٛد رِ یہ موصُم میون
تٕمنے ِگندن تماشن ژھاراں
آنٛگنہٕ، کُٹھِ کُٹھِ پھیراں
تھلہِ تھلہِ وچھان میٚے کُن

ِکتھ َکنی باوس
چون سٕہ آنگُن اکہِ دوہ صُبحے بازر  وۄتھ
پتہٕ لۄگ نہٕ اتھی

ببہ سُنڈ چھاتہٕ سٕہ بَہہ کانبل
یۆیہِ موزحتہٕ جرِتھ سٕہ ماجہِ ہُند پاْڈٕ پھیٖرن
دوٚشوے نِی پاتاہٕلکو رازن سالس
سوٚنتس منٛز اکھ
بیا کھوندس منٛز
ازتامتھ چُھکھ ییٚمہ لرِ ہُنٛد درواز ہتہٕ آنگُن
وتن وُچھان

دوٚشویہ یۆنہِ نیہِ بادامی واون
پننِس ،پننِس باغس منٛز
باپِس رأو بال
اچانک رِگنداس رِگنداس

(ازوۆتھ یٖژ کالی پھرِ تلہ ننٛد رِسٕہ موصُم میون)
رِکتھ کنٛز ہاوس تمہِ تسبیح ہُند پن اَز
اکہِ اکہِ سأری پھٚلی یٖتھ رأوی
کۆتاہ راوُن ہاہٕ
یٖیمِس موصومس بڑٕ وٕنہہ کنہِ
یِموا چھو
☆☆



فقط ژٕے نظرِ گرٛھاں چۄرِ شیٖشہِ خانن ہُنٛد
زاںٛہہِ وُچھتھ نہٕ ؤسِتھ یُن کوہن تہٕ بالن ہُنٛد

ہو میلہٕ گٔنٛز تہٕ یہِ پٔدی آکھ، گاشہِ لۄے، پوٗشپرٛی
یِمے سہارٕ فقط منتظر دریٖچن ہُنٛد

زمانہٕ گو یہِ پٔژن گاش یِندرس کتنس
زمانہٕ رۄد نہٕ ؤں پشمیٖنہٕ کٔہن دُشالن ہُنٛد

نہ شِسترٕے، نہ کھٔہن اوس سیٖمٹھے ووپدان
یہِ گام اوس فقط فصلہٕ کٔہن امبارن ہُنٛد

کھۄیٚایہِ طاقچن اندر یِم اِتھرِ، کرتامتھ
مےٚ ونتہٕ ناو تِمن کأشرٕ کتابن ہُنٛد





عجیب سڑکہٕ، عجیبے شہر چھِ نظرِ گژھان
شبس سِتارٕ وُچھاں چھُس تہٕ بر چھِ نظرِ گژھان

رُمس رُمس چھُ تہُند تیٖمبرِ زوٗل پزٕ بزلاوان
مےٚ خابہٕ اندرٕ فقط گُری پڈر چھِ نظرِ گژھان

یہِ پوشہِ نوٗل ہُہ بُلبُل، شمع تہٕ پوٖنپری گژھ
یپاٗری نظرِ تُلو، مُتی مژر چھِ نظرِ گژھان

گہاں داغ یمن دامنکو چھِ موٗختکو پاٗٹھو
ژےٚ ما خبر زِ تم انسان کر چھِ نظرِ گژھان

وجودِ اندرٕ کتنہٕ تاں وُزان گاشی گاش
وجودِ اندرٕ پیاپےٚ سحر چھِ نظرِ گژھان





وَتھ چھےَ سخ نوزُکھ ییٚمہِ یوٚر
گُل چھی پُژنِتھ، پکھ ننہٕ وور

گوڈٕ اوس باساں وُدن ژوپآری
ووٗنی پڑہتھ طرفہٕ چُھ اسہٕ ٹُک شور

خاب چھِ ہیٚرِ بون زاگہِ بِہتھ
کتھ کتھ دروازس دِم تور

یُس اوس زیناٸں سأری باز
گِنداں گِنداں تٔمی زُو از ہور

ڙِئنو پڇُلےَ ٻيٽہِ ڇپاوان اُسي
تتہِ نِے کھُٽئمتو وان زِ ڙور

کمرس ڙےٌ تہِ چھےَ ڈوکھ ڙاءِڙ
ڙےٌ تہِ چُھے شانن پٹھ سُے بور





لاچارن منٛز، تھدٕبن تھدٕبن لاچارن منٛز
گُستاں لشہِ ہنٛدی پأڑھی دزاں دِودارن منٛز

تیّلہِ تیّلہِ خوابو ہیوٚک نہٕ گٲرِتھ لُرٕ پار أچھن
ییّلہِ ییّلہِ ہِندٕر ہیٚٹھ مےٚ ژھچھٕ دِتھ غارن منٛز

گُنہِ دوہ کرٕہَو سڑکو نِش یم ہٕدی آزاد
راتھا کڈٕہو دۄر پہن دیوارن منٛز

بےٚ چُھس گٹہٕ پچھِ دم پھُٹہٕ آنگُن، بےٚ صحراو
بےٚ چُھس زۄن ژودٲہم، بےٚ گُلزارن منٛز

بےٚ چُھس جنّت در دُنیا، بےٚ چُھس کشمیر
میٛونےٚ رَتھ بازارن منٛز، اخبارن منٛز



# اؤش

اؤش چھُ کُل کاینات، کُل سرماے
اؤش خدایس قریب تر ہمساے

اؤش موٚلُ موٚختہٕ لر اچھن اندر
لیس یہِ جاداد تس نہٕ کانٛہہ پرواے

اؤش چھُ مظلوٗم اچھن اندر دیدار
دوٗرِ اتھ منٛز یِواں چھُ نظرِ خداے

اؤش چھُ تہجُد، تِلاوتُک ہرتر
سجدٕ ساسا، تہٕ اکھ اچھ دَدراے

اۆش ندامت، اۆشی چُھ استغفار
بس اکُے قطرٕ دۄن جہانن آے

اۆش پٔنٕز موج، اۆش چُھ پۄٚژ تسٕنز
گرٛشمہٕ کأجس یہ اۆبرٕ گنٕزِچ ژھاے

اۆش چُھ بدرس اندر دعایہِ رسولؐ
اۆش چُھ نُصرت، ’’مہ حض بٔرِو پرواے‘‘

اۆش جہانس اندر حیاتس آے
اۆش چُھ کُل کأینات کُل سرماے

☆☆



سُہ شخص بالہٕ پێٹھُک اوس کھۄژمُت باسان
ضرۄر آسہِ تُمۍ افتاب ڈێوٹھمُت لوسان

نہ پنٛجرٕ دارِ، نہ یہنٛدبن گُٹھبن چھِ روشن دان
ژٕ کیٛازِ زۄن تہٕ تارکھ یمن ژٹبس پاوان

زانٛہہٕ تہِ ہۆکھی نہٕ ازیُک تام یم اۄشِکی دریاو
بنجر زمینہٕ، یۆہے چھُے مےٚ چون بۆڈ احسان

تخت تہٕ تاج تہٕ شہزادٕ رچھنہٕ باپتھ بس
چھِ پرٛ بتھ زمانہٕ سِپاہ کیٛازِ زُو پنٕنۍ خرچان

دوٕہس گُلاب، شبس زوٗن چھس وناں مۄنٕے
بچارِ وأنٛس گیٚس نٮ۪اے میأنٕ أنزراوان

دپان ودنہٕ ورأے اکھ تہٕ گُل نہٕ اتھ نیران
عجب زمیٖن زِ لوٗکن فقط أچھن زاگان





عجیب وتھ چھےٚ یہِ باساں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں
سرایہِ اندرٕ بہٕ کھوژاں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں

بہٕ کیازِ زۄل کراں قدمہٕ قدمہٕ چشمو ستی
یہِ گاش کیازِ بہٕ خرچاں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں

نہ ترٛیشہٕ ہتی، نہ سرابے، نہ کاروانٕے کانٛہہ
یہِ ناسٲ گو نہٕ سیٚکستاں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں

مےٚ پرٛژھ تٔمِس زِ أچھن کیازِ چھُے کجر پھوٚرمُت
دۆپُن زِ شہرِ نِگاراں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں

زیٚواں، مراں تہٕ مسلسل سفر کراں تارکھ
وٗں گو زِ دۄرِ چھُ باساں، نہ کانٛہہ یِواں نہ گژھاں





حال ہے چھُے ژےٚ پزٕی مأج کشیٖری نوزُکھ
چانہِ نِش زیادٕ مگر چأنٕز کہأنی نوزُکھ

میٲون شیٖشو ییہِ مکاں، برُزٕ ونس منٛز چون اول
سأنٕز حالات بہر حال چھِ ہأری نوزُکھ

سپنُمک قطرٕ، گُلابُک سُہ ؤتھر، پوٚشپرٕ گتھ
موٚختصر یِی زِ وجوٗدٕے چھُ جُدأیی نوزُکھ

یَم چھِ فنکار، کنہن گُل چھِ یِمےٚ پھولراواں
پوٚشہِ نِش زیادٕ یِہنٛز سنگ ترأشی نوزُکھ

رُم اگر سجدٕ گہس گٔے، تہٕ برٕے سپداں بند
سخ چھِ آسان یِم آدابِ غُلاًمی نوزُکھ

زِتنہِ کیٚوم یا سو تیٚمبٕر اکھ چھےٚ امِلی کوہ زالاں
ٕکرٕژ آسان چھےٚ شہناز ٕ سیأہی نوزُکھ

☆☆

(۱)

# غارِ حرا

لامحدۄ دسیٚکستاں عربِستا نُک
پڑ ٕتھ سیٚنس منٛز ترٛ اٖ وِٹھ ڈاپھ

چشمن اندر
شبنٔمی قطرس سۆمب تیٚنہٕ آب
تاپہٕ ٹیٚکِس چُھنہٕ جاے دِواں کانٛہہ
پڑ ٕتھ لرِ، پڑ ٕتھ کُنہِ آنگنہٕ برنٛن تأری
گاش لرزاں ٹُھکھ ٹُھکھ کرنس دروازن

نیٚہہ گٹہِ کِسس أتھۍ تمنٔ شبس منٛز
آدٔمی سوٗنچہِ کہِ کاڈٕ سبٹھاہ تھوٚد
سنگرن نزدیک
گوپھِ اکہِ منٛزٕ نیراں
لامحدوٗد گاشُک آگُر
وُمراتن ہنٛز زانڈٕ چھُ کاساں
غارِ حرا

☆☆

(۲)

# گاشؠ تہٕ ژِکیوٚر

بہٕ چُھس اکثر سِیاہ ژادرِ شؠچ
ہیٚرِ بون وٕلِتھ ژھاران
جوٚے گاشؠچ
تہٕ إٓخر چھُس تھکِتھ واتان
نصف راتن أکِس کیٚرِس قریب
اتھٕ کھور چھلنہٕ باپتھ
ترٛیش چَنہٕ باپتھ
مگر پرٛ ہتھ ساعتہٕ آسان ژِکیوٚر رخاٗلی
آبہٕ رٛوٗستُے ..................
یام واپس چُھس ہوان نیرُن

جوٚ یَوٗمنٛز گاشہِ سرپٔز یڈاں چھِ تتھ کیٚرِس
تہٕ بٔز نزِسُِ منٛز کھساں ہیوٚر تاں چُھ گاشی گاش
بوٗن کُنِ چھُس نماں وٕلی وٕلی
دوٗژھو چھُس گاش تَمہِ کیٚر یُٛک چھوٗاں پتہٕ
گاش پھولنس تام



☆

باگہِ چُھ آمُت مُہمل وکھ
حرفِ غلط پٕنہٕ نہناوَکھ

گُنی دٕنن گئے ہیٚرِ بوٗن یام،
گُلہِ پٕپٹھٕ بوٗن پیٚوٗو پٕنہٕ ٹُل اکھ

گُن زوٗن کتٲہ سوٗنتھ وُچھکھ
ٕکتنٕن ارمانن دِکھ نکھ

ییٚمہِ دوہ چھالتس نار لجاو
روٗد پہوٗاں اوس تمہِ دوہ سخ

ٹھاکھ پیٚتٕن پتھ گُن وُچھنس
مانتہٕ، تتنٕے دِمہَو تھکھ
☆☆



ٲلؠ گرٕژھن طوطہٕ یہِنٛدۍ از، سُہ اگر مُژرَنہٕ آو
یُس کتھن اوس تھٲوِتھ قٲد، سُہ بر مُژرَنہٕ آو

نٕبرٕ درواژٕ، أندٕرۍ تٲرِ دِلن ہٕنٛدۍ گٔے ؤتھی
کتھ گُلن ہٕنٛز مےٚ تُجم پۆرٕ شہر مُژرَنہٕ آو

کیٛازِ لیوکھُت زِ ژٕ ے چھی یارٕ وُچھاں از تہِ وتن
کیٛازِ سوٗنچُتھ نہٕ، مےٚ زن زخمِ جگر مُژرَنہٕ آو

سٔتۍ مہِ درواژٕ اپور أس چھرا تٲریکی
کٲنٛسہِ نےٚ وۄن مےٚ، بس اکھ خاک بسر مُژرَنہٕ آو

گٲمۍ گامس یہِ خبر أس خطُک کیٛاہ چُھ مُدعا
نار ما دیٛاوِ، توٚے گامہٕ نٕبر مُژرَنہٕ آو





یا زۄنہِ سأنٛز کنٛز نہ شبس نیرنٕے تگان
یا دارِ پۆٹ اسی نہٕ وں مُشراونٕے تگان

یا زیٹھِ انتظارٕ ژندٕر پوشرٕن پیٚمژ
یا شام وقتہٕ چھم نہٕ شمع زالنٕے تگان

کم نغمہٕ پوشہِ نۄلہٕ چھِ یہنٛدٕن وچھن اندر
میانٕن یٖمن گُلن نہٕ مگر بولنٕے تگان

لبنٕے یِواں بہٕ چُھس نہٕ یُتۍ شِکوٕتس مےٚ ستۍ
زانٛہہ توٚر نہٕ فِکرِتس زِ مےٚ نے راونٕے تگان

باضے یژھان میل صحیفن تہٕ أسی ٹُلِنٛز
باضے غلط حرف تیٚنہٕ نَہہ نہاونٕے تگان



# بالہٕ پیٹھٕ بوٗن وُسن پھوٲل اٰخر

تازٕ چشمن تہٕ شوخ ارمانن
سخ کھراں روے رُمل
ترٕنی انہار
بۆ ڈٕعذاباہ چھ یہِنٛدِ باپتھ تم
شوق آساں یہِنٛدی چھِ سورٕیمتی

تازٕ چشمن کہٕ خبر آسان
موسمن ہٕنٛز
کوہن تہٕ بالن ہٕنٛز
تازٕ چشمن چھِ بالہٕ تھۆنگی باساں
شیرِ نرٕ سنٛز بس اکھ جُٕچھیٛا گُل بیٛۆل
ژھال ہرنُن تہٕ پاآز سُند شَہہ پر

تازٕ چشمن نہ پےٚ مگر آسان
بالہٕ پیٹھٕ بون وُسن پیوٚاں أُخر
بالہٕ پیٹھٕ بون وساں وساں بدلان
ٕ کتیٚ موسم تہٕ شوقہٕ ہُتیٚ منظر
پأتھلِس تاں وساں وساں چُھ کھساں
آسمانس ابُر زِمستانُک
رتھ رگن منٛز شٔٹھاں چُھ ارمانن
زُو بچاوُن مسافرس چُھ پیوٚاں،
دارِ، درواز رؤس سرایہِ اندر
تازٕ چشمن کےٚ خبر آسان
بالہٕ پیٹھٕ بون وُسن پیوٚاں أُخر

☆☆

# سوال

رأتی راتس بۄز
اکھأ کی سُند سہٕ شہہ پھِیُر
زۄن وُچھ یِکہٕ وٹہٕ کھساں اسہِ بالہٕ پێٹھی کنز
اۆ برٕ لۆ نگ دژ اوسانہِ آئگنز ، یِکہٕ وٹے وچھ
بوٗہرِ تمی بری چاأنی میأنی ارمان سأری
زۄنہٕ گہہ، تارکھ تمام
دۄشۆ یوو وُچھ
رأتی راتس وۆد اکی انمانہٕ دۄشۆ ے
زۄنہِ وۆد، تارکھ نبس وۆد، پنجرٕ دارٕن وۆد سبٹھاہ
تتھ سِیاہ بختی اندر رودُ ے نہٕ کینٛہہ ہلمن اندر
گاش یِتھ اسمانہٕ پیٛوس

موٗختۂ اوسُے سآرِہے نالس گھاں
مال لعلن ہنٔز کراں آہے ہِٹٔس أندی أندی ژ ٚے زوٗ ل
میون اوٗ ش تے چانہِ اوٗ شکی پآٹھی

رُمہٕ رُمہٕ اوس ہوٚ رمُت ،
تتھ تہِ رنگ یاقوٗت کُے اوس
تتھ تہِ گوٚ ژھ ناموٗختۂ سپدُن !!؟
تتھ تہِ گٔرٛشھی نالعل ووپدٕ نٕ !!؟

☆☆



پُرٛژُھے نٕۄ کأنٛسہِ، ونو کس کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے
دِژاو نار تٔمی آبس، کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے

دۄپُن زِ ناوِ چُھ وسنس کھوژاں یہ میون امار
کُنہٕ جواب مےٚ دِیُتمس، کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے

تٔمِس تہ آسہِ امیُگ پے، سُہ نیوٗ نہ سٔہلابن
پیام کیازِ بہ سوزس، کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے

یہ کُس یژھاں چُھ رچھِنٕ آش میأنٕ پۄٚر شبس
یہ کُس وناں چُھ مےٚ راتس، کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے

تٔمِس وں چھُی نہ وتن سانہِ شہرٕ کانٛہہ تہِ وُچھان
ژٕ وٕنٕزِ توتہِ سوارس، کٔدل چُھ موجوٗدٕ ے





نیٚہہ گٲٹِس منٛز مےٚ لۆبُم جلوٕ جمالُک اللہ
شہرِ اہریزٕ وُچھُم خواب گُلابُک اللہ

شاخِ زیتون، مےٚ یُس باسہِ دَواں سوئےٚ کُن
پےٚ پتاہ ونتہٕ تمی گردِ غُبارُک اللہ

یتھ ونِس منٛز مےٚ وُچھن ہرنہٕ تہٕ کھوژن رالتس
کیٛازِ دوراں مےٚ پیتےَ گاش یہِ شہرُک اللہ

لولہٕ کٔبن سروِقدن پیٛٹھ چھِ چلاں آرٕ ژوپٲری
قد اکےٚ موٚٹھ چھُ موژیۆمُت وں امارُک اللہ

یُس وِ سُے میٛانہِ زمانُک چھُ بہر سُو میٛےٚ ہیوٚ
اوس انسان سُہ کیٛتھ چانہِ زمانُک اللہ



سوٗنتہٕ پٲراو دَزن داغ گُلالس،اللہ! (رحمان راہؔی)



رُسوامےٚ وانہٕ وانہٕ پیہِ اٙخر چُھ کُس کراں
بے رنگ میانہِ ڈیشٕجہِ چُھ بازر پیہِ کُس کڈاں

باضے گناں گُمانہٕ زِ کشکول چُھم بدن
باضے پیہِ خاکدان چُھ اسمانہٕ ہیوٚر کھساں

شہزادٕ گوٚو قتل تہٕ پرِستان ژٕج پٕری
روُدے نہٕ کینٛہہ تہٕ کیازِ نہٕ موکلاں پیہِ داستاں

رٕٹتن تسُنٛد سہٕ رنگ تہٕ خوشبو تہٕ نوزکی
دٕپتو گُلن پیاٚری پکھو میٚون جانِ جاں

سبزار، ناگہٕ راد نہٕ شہجار تتھ اندر
یتھ سرحدس اپارِ چُھ اکھ شہرِ عاشقاں

کربل کہِ گاٹھِ قاۓفلہٕ ساۓری چھوٚان تڑٛیش
زم زم کہِ آبہٕ کیازِ نہٕ ساۓراب یم گرٛھاں

☆☆

# یوٗسف، زوٗن، قلندر

ازتہِ چھُ ممکن
کانٛہہ کانٛہہ زوٗن ہیٚکہِ
پننہٕ نوٗنغموٕ ستی
تازٕ تہٕ برجس منظر ووتلاٚوِتھ
ستہٕ رٔنگی منظر
ہتہٕ رٔنگی پیکر
لوٕلکی، شوقکی، حُسنکی، عشقکی
طمہن، دوکھن، دادٕن ہنٛدی پیکر
باوٕ ژبل کیوٗلعلوٕ ستی ہیٚکہِ
ژنٛد ہارُک نب پرٛ بزٕ لاٚوِتھ
کوٗنگہٕ پوشن ہیٚکہِ سوخن وری ہنٛزٕ مالہٕ گرٛتھ
(ازتہِ چھُ ممکن)

ازتہِ چُھ ممکن
اژۄنہِ سوٗنتُک قِرٕ ی مِزی یاوٗن چھاواں چھاواں
وُڑرن کھساں وساں دِی کُنہِ کاںٛہہ زوٗن یہِ آلَو
''مِہابٔری ژیےٚ کیُٛت ہی دسوانےَ چھاومیٚأنی دأنےَ پوٗش''

توَ پتہٕ یِیہِ کاںٛہہ یوٗسف، دوٗ رِکمند ہتھ
پانس ستیٚ نِیَس
رأنی بنأوِتھ تھاوٕس محلکۍ سأری گُنبد قدمن تل
یِندرچہِ پچہِ پٹھ ہِنٛدٕ رپنکۍ سأری آخ ٕ ٔلراوٕس
(ازتہِ چُھ ممکن)

ازتہِ چُھ ممکن
موٗغلن ہِنٛدِس زالس لگہِ کاںٛہہ یوٗسف
تاج تخت نَہناوٕس دشمن لشکر پڈرن تل
توَ پتہٕ نیرِیا ہ زوٗن تسنٛزِتس ژھارنہِ
جِگرس نیزٕ کی پأٹھۍ سنہٕ وِنی نالہِ دِوان
''گاہ چون پہوٗاں گٹہِ، اکہِ لٹہِ تِہِہم نا''

تِرٛ ھ کاںٛہہ آش چھنہٕ کأںٛسی قلندرس
یالولُک منظر نامہٕ رٕ ژٛھرِتھ تھاون وأِلس درویشس ووٚنی
چشمن منٛز موجوٗ د

تِمن نہٕ شاید
کھٛنجِہ کھٛنجِہ گمٛژن زوٗ نہٕ ڈبن منٛز

تِرٛ ھ......کاںٛہہ زوٗن وٗں نظرِ گژھان
ووٚنی چھنہٕ باساں ٲکھنٕ تہِ زوٗن حبہٕ خوتوٗن

☆☆



ژٕتس یٖم ٲسی نہٕ تھاوٕنۍ، مےٚ یاد تھاوی تِمےَ
وٕچھس منٛز ٲسی لچھِکی لال، راوٕ راوی تِمےَ

یٖم آفتاب تہٕ تارکھ بٔنِتھ کراں گردش
یِوان نظرِ چھِ پٔرتھ طرفہٕ یٖم، مےٚ راوی تِمےَ

مےٚ ستی اوس یِپارؠ دوہے کھساں اسمان
سُہ نوجواں نہ کُنی، یٖم چھِ ہیرٕ پاوی تِمےَ

کراں ٲسی گلستانہ یٖم گُلن پارٲو
بےٚ رنگ بازرس اندر یہ کمی سجاوی، تِمےَ

کوٚپاٹھی پیٚوکھ ژٕتس یتھ بےٚ سرٛیہہ مقامس پٮ۪ٹھ
زٕ ژور قطرٕ اچھن منٛز مےٚ ٲسی، راوی تِمےَ





رہ مسأفر، سفر تہٕ گردِ غُبار
ژٕ ێشونی منٛز گہاں چُھ میٛون انہار

وأنٛسہِ لتس رؤدی ڈٕری چہِ مُژرأوِتھ
یُس تہِ گۆو زؤنہٕ گاشہِ چون شِکار

أسی تہِ نیراں تہٕ پۆت نہٕ پھیرأنی
ہرِدٕ کاءلکی چھِ أسی تہِ جاناوار

کانٛہہ چُھ رالتس وداں تہٕ کانٛہہ چُھ اسان
دود بیۆن بیۆن، الگ الگ آزاد

شینٛہٕ سٕری ہرموکھن وۄنُم اکثر
چُھے وچھس منٛز وُہاں مےٚ نارٕے نار



# ِکرم کش

تُلہٕ گُلہِ، تُلہٕ گُلہِ پھیرُن
پنہٕ تُلہٕ باپتھ پنہٕ پنہٕ سپدُن
پۆرِ دوہس
ِکرم کشس دون چشمن اندر
خواب گوژن ہندی
ریٚشم خانکی خواب
خواب............ زِا کہِ دوہ صُبحے نیرُن............
ریٚشم وونن والین ہاوُن تھیکی تھیکی مال پنُن
گۆ ژِہنزا کھا کھ داو
رُمہٕ رُمہٕ وونان ریٚشمی جامہٕ ِکرم کشس
أوِج، زأوِج............ستہٕ رنگی ریٚشم

کِرم کشس چُھنہٕ

ریشِم خانہ تہٕ کری مِزی خابو رؤس
بیٚیہِ کھٔنۍ تہِ نظرِ گڑھاں
تمی چُھنہٕ ازتاں زٕنہے تہِ وُچھمُت ............
پأڈٕ کیٚمِس تہہ خانس والاں پٔنِنی داو

پنٔنۍ زال

زِندے والاں چھَس اندرٕتس
زندے ساواں لحٔذ اندر
کِرم کشس گوٚڑھ گُنہِ دوہ باوُن
گُنہِ دوہ ہاوُن
یِنہٕ تس زٕنہے چُھ نظرِ گڑھاں......





زُو وندَے، پان وندَے دریاوو
گرٛھ کُنۍ زۆن، بہٕ تھکےَ دریاوو

کیٛازِ زولُم بیہِ کٔدل، پھُٹرٕم ناو
یا ژٕ ٹھہرَکھ تہٕ ونےَ، دریاوو

کاںٛہہ کیٛتر چھے نہٕ بُٹھِس پیٛٹھ موجوٗد
نۍُٹ پھُٹاں وُچھ مےٚ دوہےَ، دریاوو

توٚپتَن یارِ بلس نِش چأنِس
کأنٛسہِ أکی وأے نہٕ نےَ، دریاوو

از پگہہ چُھے ژٚے رلُن سوٚ درس ءستی
از پگہہ کائلی مشئَ، دریاوو

رأچھ گُری نےَ سُہ خدا کھوژاں چُھس
چُھے سیٚکِستاں ژٚے نکھےَ، دریاوو

وَچھ ژٹی تزیش علی اصغرؑ ءسٚژ
ڈءی مہِ مُحرم بہٖ ودَے، دریاوو
☆☆



یس سمندر دل جگر، سُے
خاک برسر، چشم تر سُے

ژانگو ہٕے اکھ گُنٕ، گُنی زٕنٕ
یتھ گرس اندر تہٕ زر سُے

ٕکتہٕ حأرت خانہ مُژراں
میوٚن دلبر اوس پر سُے

نجدٕ ون کھس، لول پر ژھیوٚن
وستہ بازر، در بہ در سُے

کم گُلاہ، کم نیزٕ ویٚترِتھ
ہے شُکر پر، چُھے یہ سر سُے

میٚۓ پکھن ہرموکھ دِواں ٹکھ
پأز ہُند پر، سر بہ سر سُے



# کاغذ کیٛمی

بعضے
بیٛون، بیٛون ملکن
برا عظمن ہنٛدی سأری سرحد
تقسیم در تقسیم چہِ سارے
سِیاہ، سفد، سرخ تہٕ گُندمی رِکھ
نہناوان کاغذ کیٛمی
سورُے دنیاأ کیٛہ جایہِ سمان
(تاج محل ہیٕ پڑ بزلان)

بعضے
کاغذ کیٛمی ژاپان
کتھ کرِ ونٛن الفاظن ہنٛدی نو کتے
پۆرِ عبارتھ
بے معنی، بے صورت سپدان
(طوطہٕ گرٛھاں گٲلی حرفن ہنٛدی)

بعضے

ٹیلی وِجن المارہن پٹیتۍ َکنۍ
کانٹھہ گلر یزیا اکہٕ ننڈن لۄٚٹھ ہُزی سپد اس

تو پتہٕ ییلہِ
کاغذ گیمی کتر اواں

عجب ملک ہنٛدی لوٕلکی آلو
جوگی سُنٛد رخت تہٕ رنگ

عأنہِ تَمی وزِ
میٲنٛس ژٕہتہٕ وُترِس منٛز موجود

تہذیب خانہٕ چہِ پیٛنچہِ پٹھ
کستاں دلیلہِ گَرِس

وُچھاں، وُچھاں
ہُٹس أندِ ری َکنۍ

کُنڈی مؤ رہن ہُنٛد زال ولنہٕ یِوان

☆☆



گرٛھان چاکھ چھِ جامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر
ہران موٗختہٕ چھُ شامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر

یہِ چون پان کُنۍ زۄن تہٕ ساسہٕ بٔدۍ الزام
ہلم ژٕرے دورتھٕ پامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر

مےٚ کیازِ بۄز نہٕ زاثہہ سانہِ شہرٕ لۄگ بازر
ہوان مٔلی چھِ غُلامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر

رخت ٕکنان چھُ بہرۄپؠ سُنٛد امیرٕن یُس
سُہ وان لۄٹہٕ عوامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر

دپان روتلہِ گُستاں مےٚ ہیۄ تہٕ میانہٕ اتھو
ٹُلان میل چھُ نامن، مےٚ کیازِ ئٔج نہٕ خبر





مےٚ چُھے تیل ژأنِگس تہٕ پِندرس چُھ پن تہِ
ژٕ پشمینہٕ سوزُم، مےٚ چھےَ ماجہِ ہن تہِ

چُھ ممکن زِ سأری ودن شہٕر گام
یٚمن کھنڈرن پتٕھ مگر کیٚنٛہہ اسن تہِ

ژےٚ کر تاپھ سمکھُے، پیٚیی کوس فرق
اگر سانہِ گاہکی شہٕلی گُلی ہرن تہِ

وٕلِو سونٛچھِ سۆدرس ژٕ کِس تل وسو
اگر تورٕ کھٕتی زانٛہہ، نژو بازرن تہِ

چُھ وُہوُن یہِ نُورُک سفر اتھ اندر
اڈٕ ہن یِن نوِی پر، اڈٕہن پر دزن تہِ





برگِ گُل ہیوٚ پڑبزٕلہے، مہتاب ہیوٚ ہےٚ نیرِ ہے
نٔےَ تہٕ کھنڈراتو اندر، محراب ہیوٚ  ہےٚ نیرِ ہے

چھلنہٕ یِی ہے گاشہِ ستی أندرِم گُہُل جنگُل یہِ میوٚن
زانٔہہ رگو مٔنزی اکھ شباہ افتاب ہیوٚ ہےٚ نیرِ ہے

یتھ ونس اندر طِلِسمی یار ژھارُن چھُم محال
بالہِ داۂمنٕ رقص کرٕوُن آب ہیوٚ ہےٚ نیرِ ہے

اوٗش، فقط اوٗش، بس اوٗشی یوٗت انکسأری ہنٛز دلیل
وونی یمو سڑکو اوٗشُک سٔہلاب ہیوٚ ہےٚ نیرِ ہے





چُھ کأنٛسہِ سورمہٕ چھلاں، کأنٛسہِ چشمہٕ پڑٛبزلاوان
یہِ پوشہِ نٕول زبردس مےٚ جأدی گر باسان

یہِ کٲہنٛزِ پہرِ چھےٚ دژٛاہرٕ پشس گُلالہٕ پھُلےَ
زِ بٔنگلہٕ وأل چھِ ژھاراں پٕنُن پٕنُن گُلدان

مےٚ ما چُھ دام دِنس زاگہِ ترٛیشہٕ ہوٚت صحراو
بہٕ قطرٕ چھُس تہٕ ؤں دریاو کیٛاز چھُس سپدان

مےٚ سَر یہِ منٛزتہِ وُچھکھ ژٕے، تہٕ ژٕے وَنس اندر
یپأری نیرِ تیپأری ژٕ خوابہٕ چھُکھ آسان



# لا دن

گہے وُچھمتھ ژٕ پھٚولمُت یِونہِ سونٛتُک گُل
گہے بلبُل گیوٲں وُچھمکھ
گہے دریاو
گاہے ناگہٕ جوے
دزوُن سیٚکیُل گاہے
گہے کاثہہ وٕپر سبز وسبز
تھچمِژٕ یابُڈٕ پمِژ بوٗنی کاثہہ
صُبحُو دَم اختابٕہ کھسیہٕ وُن
شامہٕ وِزِ زُردی تچھ
دپھ یِ وُچھم
پیٚتھ کُن وُچھم
ژٕ ے نظر گوہم

بس مےٚ وُچھمتھ ژٕ ے
پرٛ بزٕ لوٕنی خاب ہتھ پھیراں
دَواں دوراں
اچھن منزٕ آب شُپی وُچھےَ
ژُٕنی کانٛہہ واوِ گرٛاپاہ یاشہٕج ژھایاہ......تہٕ ژٕ ے وُچھمکھ
اگر زانٛہہ گرٛ ہشمہٕ ژٕ نڈ سمکھے یہِ
وہراتٕک ابرُ سپدُ کھ
شِشُر وندُک برس پہٹھ واتنےٕ وُچھمکھ
سراپا ژرٛ اٚری کانٛگرہیوٚ

مےٚ اوساپےَ یہِ سورُے آسہِ بس دوٚن ژوٚن جرہپن تاں
پزٕی، لارُن زمینٕس
ساٚرِےٚ پزٕیٚ کنٛز ہرُن اٚءخر
سوٚ اٚسِن کانٛہہ قدا وار بوٚنی
ہی تھٔر اٚسی تن یا اٚسی تن راٚیِل
وُٕں گوٚ ویتھ قبرِ پہٹھ فاتےٕ پرِٕتھا کٹر بہٕ چُھس سونٛچاں......
بہٕ چُھس سونٛچاں
یتھےُ باڈولوٚ بُم بجہِ بونہِ ہُنٛد

شِہجاریا متھ ماتحت رودُم
یُتھے سیٚکہِ موٗٹھ موٗژیٚو وُگل بیٚول سیٚکِستاں چانہِ وتہِ ہُنٛد

ناگ یامتھ آیہِ تن روٗدِم
ژوٗ لُکھ ترٛ اٚوِتھ
مےٚ اوسُے اکھ طمع، اکھ اورِزوے اٚسِم
طمع اوسُم بہٕ کرہَے گرٛشمہٕ کاٰئِجس سال
وُچھہَتھ پنہِ باڑوبونہِ تل پھراہ
بہٕ پٔنی یارِ بلہٕ چھلہتھ
تہٕ چھلہَے گردسأرِ ےتمہِ سیٚکِستانٕچ
ژےٚ ژھوٗنڈُتھ میٛانہِ باپتھ یُس

یہِ چھاآے زِم زِگوٚ برس گرٛشِہ نہٕ
قرضِے مائلی سُند زاثِہہ نکھہٕ وسُن؟
وٕنتم......یتُے وٕنتم ؟؟
یہِ چھاآے زِم ؟؟؟
ضروری چھا...... ؟؟؟؟؟
☆☆



گُھر کُنِز چھِ پزٕ بتھ ڈیشِجہِ کڈاں آسہِ گُنی زٕنی
گاہے سو وداں گہہ سو اساں آسہِ گُنی زٕنی

پوٗشپری چھِ تِتھے پاٗٹھی کراں گتھ تہٕ دِواں زُو
گٕمی وۄن سو شمع روے دزاں آسہِ گُنی زٕنی

سوے بُڈ تہٕ تسُنٛد رنگہٕ پِنٛدٕ ریٚبِہٕ نہٕ کِھنٛی میٛون
میٚے کُیت سو پُٹن گاش کتاں آسہِ گُنی زٕنی

کانٛہہ نیٚبرٕ گِہواں آسہِ، متیاہ لعل وندے یِوو
کانٛہہ اندرٕ پٕنٛز جامہٕ ژٹاں آسہِ گُنی زٕنی

ژھاران اگر آسہِ تہ شہنآز رشیدس
تارکھ نبس از زول دِواں آسہِ گُنی زٕنی





کھوژناواں مےٚ شبس کاغذ تام
نارٕ ڈیرو، ژٕ برابر دز تام

ووزجہِ روٗ مالہِ وِلتھ لیس مےٚ دِژاتھ
چھُم سُہ وُشنیر تتھےَ پأٹھی ازتام

کرتہٕ کوشش ژٕ رِکھن کھُر کڈٕنچ
تھاوِ گنڈٕتھے بہٕ سِتارن رز تام

کمی جنونن چھُ شہر آورمُت
ہأنکلن مژٕ چھِ گنڈِتھ یم زز تام

دأیِرس اندرٕ کراں دأیرٕ رقص
مرکزس گتھ چُھ کراں مرکز تام

چانہِ ہستی یہِ شہَن ہُنٛد سرگم
پرٛبتھ رُمس منٛز ژٕ تِتھے ؠکنی وز تام



# ییٚلہِ سیٚکستانن پِو اں سٲہلاب

ییٚلہِ تہِ زانٛہہ انسان گٲنزراں
تِم نشانٕ پتٕنبن چھو کن ہٕنٛدی
یِم تِمِس لگٕ مِتی چھِ آساں
زندگی ہٕنٛدی کوہ ژھنٛڈان
دُشمنن ہٕنٛدی تیٖر ژالاں
دوستن ہٕنٛدی گٔنڈی کڈان

ییٚلہِ ژوداٖہم زوٗن آلوزانٛہہ دِواں
ییٚلہِ چھس پھٹٕ مِتی نبکی تارکھ پوٚاں شامن چھِ یاد
ییٚلہِ تہِ پوٕنٛپری گتھ ژتٕس پاواں

امارٕ چ داستان
یاسبٹھاہ کاثہہ پرٕن
قلمی نُسخہٕ ہیو
ژھیۆ نمُت ،رٕنیٔومُت روے

وتہٕ پیٹھ
روٗدٕشرٕ انٛن منٛز چھُ سمکھاں
کُن تہٕ پرٕ ژھیۆن
زن سیٚکستانن یوٗ اں سٔہلاب
ستھ سمندر زٔنتہٕ چشمن ژھٹھ کڈان

☆☆

# سو

پانٕہٕ نوزُکھ، مےٚ کیُت کلاے کتھاہ
گرٛشمہٕ کأژِس سو بۄنہٕ ژھاے کتھاہ

پتھ وٕنٕچ کُنز پٕہرٕ تہٕ کتریوٕ ژونگ
آ، سو وأراں وتن سراے کتھاہ

عشقہٕ پیچان ڈیڈٕ تل پھۆجمٕژ
وولرٕ وٕژھمٕژ سو واوٕ گرٛاے کتھاہ

خوف، بد رایہٕ، دایہٕ خأر، خۆشی
صۄرژاہ اکھ چھےٚ ماجہٕ ماے کتھاہ

☆☆



نہ چُھ زاگہِ کانٛہہ بٔتھِس پیٹھ، نہٕ چُھ کہرُ باچہس منٛز
یہٕ یُتھے ہواں وُنٛن کینٛہہ، مےٚ گرٛشھاں صداچہس منٛز

تَمہِ شہرٕ کٕہن مکانن، نہ چھےٚ ڈب، نہ پنٛجرٕ دأرٕ ے
اسہِ وُچھ ودان راتس، تتہِ زوٗنہٕ گہہ چہس منٛز

سُہ ونی غلام رٕتھ رٕنی، چھہِ کٕنتھ بناں شہنشاہ
ژےٚ ضروٗر سمکھہِ یوٗسُف، ژٕ کڈ اَکھ شباہ چہس منٛز

اتہِ کُس چُھ، کٔہنٛدِ ستنہٕ، چھےٚ ہواں شہہ یہِ بستی
صُبہٕ شام کٔہنٛدِ باپتھ، چُھ وساں ہوا چہس منٛز

ہتہٕ وادِ آنگنن منٛز چُھ وُزان گاش آشن
اتھِ جوٗری اکھ پرٕ بٕر لوٕنی، چھےٚ کراں دُعا چہس منٛز



☆

یتھ بازرس اندر نہٕ ژٕمِس ہۆل کمر گژھان
ووٕنۍ گۆو زِ زیادٕ ترچُھ مۆزۆرس یہِ ور گژھان

یَم دأدۍ سأنۍ ژٕرۍ نہٕ کزل ون اپور زاثہہ
وُچھوَے تہٕ سأنۍ کاو دوٕہے کاشغر گژھان

کُس ٹھاکھ چُھس کراں زِ یِنے پربتن کھسکھ
دیوارِ بُزۍ چھےٚ کیازِ یہِ میٲنۍ نظر گژھان

بازرۍ تہِ سُے پکان تہٕ کربل تہِ سُے وُچھان
دامن گژھان تر، نہٕ ژٕمِس چشمہٕ تر گژھان

فِکرے نہٕ زاثہہ تران زِ یتھ پِر بارِ منٛز
کم نُجدٕون کھسان تہٕ کم لُکھ شہر گژھان

☆☆



رچھُن تگاں ژ ٚے پڑ بزلوُن یہ اوٗش ہلم چھُے نا
بدس ژ ٚے چھُے نہ سأ کاغذ، بدس قلم چھُے نا

تمیٚگ سُہ پرٕدٕ تہٕ چھا دوستا بےٚ پرٕدٕ گومُت
اچھن عذاب کراں ووٚنی سُہ دارِ دم چھُے نا

ژ ٚے میٲنی پأٹھی پیٚواں چھُے سأ سر دوہے نوٚمرُن
ژ ٚے میٲنی پأٹھی ژلاں زاںٛہہ یہ کارِ خم چھُے نا

بہٕ یِہنٛدِ ضربہٕ دوری بال چھُس وِستھ آمُت
ژٕ آنہٕ چھُکھ تہٕ ژ ٚے پھُٹنُک گٔہنٛےٕ وہم چھُے نا

دوٗ پُن مےٚ لوسنہِ دوہ لوٚگ، وں سجدٕ روٗس مہ کرُم
ژ ٚے میٲنہِ وقتہِ زوالُک کھیٛنےٕ تہِ غم چھُے نا



# سہلاب، ستمبر ۲۰۱۴ء کہِ ناوٕ

رسہٕ، رسہٕ یم ملٕلکی ڈیرٕ وٕ تھن
رسہٕ، رسہٕ لگہِ نوِسرٕ آشن کٔن
نوِلرِ پڑٕ بڑٕلن
نٔوی بٔنگلہٕ کھسن
نٔوی خواب دوَن
بازار لگن
بٕیہِ لولہٕ متٕھن دِن باغ آلو
بٕیہِ کھہہ نٲلی ترٕ اون جامہٕ سبز
بٕیہِ کھل لاگن سونہٲری پلَو
بٕیہِ سمن بلن پِن مُشرَنہٕ بر

بێیہِ آنگنہٕ آنگنہٕ گُل ووپدن
بێیہِ طرفاتن نژِ مژٕ خوشبو
بێیہِ شُرۍ والن شامن تارکھ
بێیہِ زۄنہِ گنٛدن
سخ کرٛ یوٗٹھ مگر
تَمہِ اوٗش قطرُک سہلاب زرُن
یتھ منٛز آسن پیٖر وسان
پاشہِ شُر بن ہنٛزٕ
بنگرِ نر بن ہنٛزٕ
ژھایہِ قد اور دِوِدارن ہنٛزٕ
[1]"شَملہٕ تھد بن دستارن ہنٛدۍ"

(۳۰/ستمبر۲۰۱۴ء)

[1]: اٰخری مصرعہٕ چھُ جناب جسٹس بشیر احمد کرمانی صأبن یتھ نظمہِ منٛز پنہٕ طرفہٕ شأمل کۆرمُت، یُس میٲنہِ خأطرٕ توٚبرُکھ چھُ۔ (ش ر)





وُچھوَے تہٕ سَتھ سۆد رتہِ چھِ میأنِس وچھس کہٕے
از کل مگر مےٚ قطرٕ نہٕ باساں سمندرٕ ے

مس کِلپہٕ تس چھتیٛایہِ، تہٕ أنس تہِ رُم گیٚیَس
پتھ رود انتظار، سُہ ابلق چُھ ابلَقٕے

ظمہن ڈلاں چُھ رنگ تہٕ چشمن وُنل پھران
اکھ وق چُھ تیُٹھ یِوان زِ روان بازرٕ ے

کیاہتام گۆو وکانہٕ تِمن شوقسٕے، نتےَ
پوٚنٕپری یڑھن نژُن تہٕ سبٹھاہ چھکھ یہِ گاشہِ لٕے

ٹھُکھ ٹھُکھ کُنبر کران چُھ تہجُد کہِ وقتہٕ، پۆز
بند أسی گرن کران چھِ درواز شامسٕے



# برٕ زِکُلِس تل

کوکرناگہٕ نیرِتھ
تہٕ سِنتھن ؤسِتھ ہٕون
گُہُل یارِ جنگل، تہٕ تتھی منٛز
کُنۍ بُزرٕ گُل
آ......خبرٕ کتہِ کالُک کُنۍ زوٗن
خبر کمہِ زمانُک
أز ژُگ تاں تتھےَ کنہٕ چھ تمہِ چیٚن لنٛجن
ورقہٕ ورشُن
گوٚمُت ہے نصیبس قلم آسہِ ہیٚس
ییٚلہِ نہٕ کاغذ بدس اوس آمُت
مےٚ لگہِ ہے پتاہٕ، کرِ چھِ شاہ اٖسی ٔمتی أسی
مےٚ لگہِ ہے خبر، کٔمی سونس کٔرمےٚ سرتل
بہٕ ہیٚکہٕ ہاوُ چھِتھ

بَر پھُٹرٕ مُت ہَسوٕ کر چھُ تہذیب خانس
چھُ ممکن بہٕ لبہٕ ہاسہٕ مُسوَدٕ
یتھ منٛز ستی سَر مےٚ وَنہِ ہے زِ
پیٚتہِ کرحیاتٕچ سوٗزٕل پھوٚژج
وولُر باوِ ہٕسم ناگ[2] نابوٗ دکُمی کٔری
تہٕ رٔمبی آرٕ وَنہِ ہٕسم
سِتم کم سپدی نأگی رالیس بٕچارس

☆☆

۱: سِنتھن: سِنتھن ٹاپ، کوکرناگ۔ کشتوارڈسٹرکہِ پٹھ اکہِ تھدِ بالُک ناو
۲: ناگ: اصل قدیم تہٕ اوّلین کأشُر نسل، یم روایتہٕ مطأبق آریہٕ ہَونسل کُشی کٔرتھ ختم کٔری، یا کأشیر ترٛاونس پٹھ مجبور کٔری۔

☆☆



نےٚ جنوٗب زوٗنہِ ہُنٛد، نےٚ شمال زوٗنہِ ہُنٛد
کرٚ نبس نظر، چُھ لرزاں عیال زوٗنہِ ہُنٛد

میےٚ تُجایہِ ہِنٛدرِ پمپوشہِ ڈٔل تہٕ یارٕ بل
میےٚ کریٛو شب ژودأہِم بحال زوٗنہِ ہُنٛد

چُھس بٕچارِ کیٛازِ لأنِس لیٚکھِتھ فقط گُنٛبر
راتھ کیٛت مےٚ چھِم پرٕژھان أری نہِ مال زوٗنہِ ہُنٛد

ہیٚچ نہٕ کانٛہہ امارٕ مُژ واوٕ رِنگ اندر أژِتھ
پنٛجرٕ دارِ پپٹھ دپان اوس زال زوٗنہِ ہُنٛد

موٚل نہٕ یتھ وچھس زہنٛۓ، چھٲلی نہٕ دوٗرِ رٕکی زخم
توٚگ نہٕ زانٛہہ مےٚ اوٗش کرُن استعمال زوٗنہِ ہُنٛد

از چُھ مُشکِلن مےٚ موسم گُلاب ہیٚوٗ أچھن
دوٗر ژلتہٕ اوٗبرٕ از، چُھے سوال زوٗنہِ ہُنٛد

☆☆



وِؠتھ، وۄلر یا چناب چھا موکلان
گٔمی وۆنٕے، رِگردِ آب چھا موکلان

تِم چھِ موکلان، یِم تھرٛن چھِ پھولان
یادِ وُترِکی گُلاب چھا موکلان

گہہ ضرب گہہ جمع گہے تفریق
چانہِ لولُک حساب چھا موکلان

بس اَکۍے کتھ قلندرس پڑٕژھ ہا
مِیُل گٔرِژھتھ اضطراب چھا موکلان

توپٔن گٔہی کڈاں چُھ دوہ انسان
پۆز وناں چُھکھ سأ، خواب چھا موکلان





گاش گاشس اندر بساوُن پیٚو
دون اچھن منٛز سُہ یار تھاوُن پیٚو

ییٚتھی وُڈٕری پٕٹھ، ییٚتی مےٚ دوہ لوساو
آ، کتھن تاں ییٚتی سُہ یاوُن پیٚو

از تتہِ چھن ہرنہٕ میٛانہِ ناڑِچ ترٛلیش
از تتہِ وحشی وچھُکھ مےٚ ساوُن پیٚو

دِژ مےٚ دولت گداگرن سأرِے
بس اچھن ہُند طمع بچاوُن پیٚو

یادِ وُترِکی جنگل چھِ ییٚتھی اندر
یتھ کُٹھِس منٛز دوہےَ مےٚ راوُن پیٚو





مو وَنتہٕ ’’ مےٚ گوٚو ژٕیر، مےٚ گوٚو ژٕیرٕ‘‘ سوارو
جنگُل چُھ بہرحال جنگُل، شیر سوارو

اتھ نارٕ الاوس ژٕ فقط کیٛازِ کراں گتھ
میٛائِنس وچھس اندر تہِ چُھ وُشنیر، سوارو

تتھ پہرِ اندر چشمہٕ زٕ ازتام ژٕےٚ پڑاران
یوٚس ہا ساٗ کرتھن ژٕےٚ پرُس زیر، سوارو

کُستام وناں وُنلہِ اندر گُٔتٕجہِ وتھٕے ڈٕٔج
کوستام دِواں نالہٕ چھےٚ پوٚت پھیر، سوارو

کرتب مہٕ پێتھٕن ہاو، ژٕ وُچھ وارٕ، یہٕ چھُے باغ
گُر چون کراں چھُے مےٚ گُلن ڈیرٕ، سوارو

پے چھا ژےٚ وُچھِتھ کیٛا زِ یکا یک مےٚ پیوٚاں یاد
دُلدُل تہٕ سیٛکِستان تہٕ شمشیرٕ، سوارو





بیٚیہِ تُجۍ کمۍ تاں نادانن کتھ تھدٕ بن تھدٕ بن دستارن ہۄنز
بیٚیہِ ۄٲژھ پژانٕہن زخمن ہۄنز کتھ بیٚیہِ ۄٲژھ کتھ تلوارن ہۄنز

تارکھ اۄسی عجیبٕے تمہِ شبہٕ، زنتہٕ نبس گٔڈی گاٮ۪ہتی اۄسی
سورُے اسماں اوٚسُم باساں ژادِر زن نادارن ہۄنز

زۄنہٕ زٕژن بیٚیہِ واوِ رِنگن ہُنٛد گرٛشمہٕ شبس منٛز برمُژُرن
شیٖنہٕ گٕٹھِس منٛز وچھ کۄراں چھم یاد تِمن آوارن ہۄنز

ازیُس موٗختہٕ ہراں چُھم چشمن مےٚ نوسہٕ بازرتژ اوٗن چھُم
لعل فروشو از متہٕ گٔری تو گٔہنٛز تہِ کتھ باپارن ہۄنز

صُجس کأ جس دِگرس شامن خألی سوے اکھ زۏن ژتبس
از تامتھ نےَ وُچھی مےٚ صورت مابأقی ماہ پارن ہٕشز

ہرگاہ میأنِس قلمس بۆ وۄنہہ کنہِ اسانو رۏس چُھپی نہٕ کینہہ
تیٚلہِ کُس لیکھاں زٕ بٹھ عبارتھ ورقن پٹھ تہٕ خانن ہٕشز





یہِ داستان چھےٚ چأنی، خدا گواہ پھیری
یہِ ورقہِ ورقہِ مہِ چھِکراو اَن پڑا، پھیری

دُہُل چُھ گاشہِ سوٚدُر، ہٕکتی داغ ژٔورِ تھوکھ
سیاہ شبُک ژٕےٚ صبُو دم، بےٚ انتہا پھیری

بہِ زالہٕ ہا یہ امارٕچ کتاب از سأرٕے
مگر چُھ دٔورِ کتبن تاں گرٕھاں صدا، پھیری

یہِ میٲون دٔری چھِ کُنی جایہِ نےٚ لبھ زوٗنی
ربس حوالہٕ، وٕں گو آسہِ کاںٹھہ دوہا، پھیری

اگر ژٕےٚ فکرِ تری نوزکی گلابن ہٕنز
تمام وأٹسہِ رگو مٔزی سُہ کربلا پھیری





پێتٕہن انتظار پرٛدن، ہُتٕہن انتظار پرٛدن
چُھ کُنۍُ یہ دود پھۆرمُت، پێتہِ بے شمار پرٛدن

کُنہِ چھا سہٕ کانٛہہ رفیقاہ، یَمہِ رأژ یُس بچاوِہم
نہ چھےٚ دارِ میٲنہِ ہانٛکل، نہٕ یہِ زۄن کھوژِ پرٛدن

ژٕ، تہٕ وُلرٕ واو ہن ہن، بہٕ، تہٕ لٕرٕ کُنی بٕہٕتِھس پیٹھ
نہ ژٕلی ژےٚ بے قرأری، نہ مےٚ یِی قرار پرٛدن

سُہ منگاں چُھ چشمہٕ مُژرِتھ، نظر اکھ، اکےٚ نظر بس
وتہِ پیٹھ چُھ اکھ گداگر، ونہِ کُس بے عار پرٛدن

وُنہِ پۆژِ ہٕنٛز مہ کر کتھ، وُنہِ گۆو نہ شام ٕخمن
وُنہِ کربلا چُھ جأری، وُنہ لۆگ نہٕ نار پرٛدن



# شِٹھیمِتۍ زِ پوٚشپرۍ

وقت اوس ہرُدک ژِ ہاں دژ منہِ کانٛج
زمستانٛز واوس
ونِہ کراُسی پاسیکھ درانتظارس
زردتاپہِ چھپہِ تل
بےٚ رنگ پوشہِ تھرِ پٹھ
شِٹھےمِتۍ
بُڈےمِتۍ زِ پوٚشپرۍ ............

بہِ اوسُس وچھانٛی یہِ منظرِ زِ آلوکنن گوٚو
''امی، ہے امی
ہے ابُو
Waw

وُنی وُنی چُھ اِی میل آمُت
مےٚ گوٚو جاب حاصِل
امریکہَس منٛز،،

☆☆



ضرٗور پأدِ نظر سپدِ ہے وسیع تر کاںٔہہ
یپأری کنٕز تہٕ اگر آسِہے سمندر کاںٔہہ

یَمن وتن چھےٚ فقط میانہِ ہَتی رونق از
یپأری نیرِ پگاہ میانہِ نِش تہِ بہتر کاںٔہہ

چُھ قدمہٕ قدمہٕ پیٚتَمن رواںٔک گُمانہٕ گرٛھان
یپأری آسِہے اکثر لگان بازر کاںٔہہ

یِہنٛدی سِتارٕ چھِ پزٛبزٛلان آسمانو پیٚٹھی
یَمن اندر نہٕ مگر تارکن برابر کاںٔہہ

کھورن پیٚوٗمُت چُھ یہِ ہرموکھ تہٕ پأز گردِ اندر
نہ کاںٔہہ تھزر چُھ اچھن تل، نہ رود شَہہ پر کاںٔہہ



# لرِ ہُنٛد ہِرٕ بوج

سوٗنتہٕ وُچھُم پیٚتھی صحنس اندر
سُلہِ صُبحٲے
اڑٕ پھوٚل گُل نوٚن دزٕ امُت

باسان اوس

وُنی وُنی تھنہٕ پیوٚ مُت معصوم بدن کانٛہہ
پیٚتھی صحنس منٛز ڈیوٚٹھُم اکہِ دوہ
کاںٔجس بٲگر

سورُے یاوُن ہیتھ پھوٚلمُت

اردادٕہرِس راںٔیل پانس زن اوس پربت پادن تل
پیٚتھی صحنس منٛز بوزُم اکہِ دوہ دِگرس

یِمو کنو

لرِ ہٕنٛز بند، مگر اکھ پرٛ آنی بڈٕ ہٕنٛز دآر

کۄنس منز لاوأرث عاصہٕ
گر دِکھیوٚمُت اکھ تکیہِ تہٕ لبہِ ہُند أنہٕ
دِواں ژٕہتہٕ وُترِس پھٔیر تہٕ ونان............
''توٚ پتہٕ رسہٕ رسہٕ ڈہ کیٚو وتس کمبرے
توٚ پتہٕ زرد یٚو و
توٚ پتہٕ زَز ریٚو و
توٚ پتہٕ اکہِ دوہ شامن لاریٚو وخاکس
خاکس منز شرٛ وٚپ تھرِ ہُنٛد پوش
ییٚمہِ لرِ ہُنٛد سِرِ بوج''

☆☆

# مِشن

ہلمو ہلمو ژٕ اواں سبٕھ گوٚو
تِہنٛد بٕن ناگن منٛز
کأژِس تام ناگ خُشک کرِ دشمن ہٕندی ژٲمی
گرٕ بکہٕ وِنہِ دُپہر ییٚلہِ فارِغ گوٚو
پھٕہہ پھٕہہ کرِونی ژٕ لیش لِجِس
سیٚکہِ پٹھ ٹھاسنہٕ آوتہٕ باسیوٗس
ابنِ زیادُن فوج
آبہٕ مشک ہٕتھ تسی کُن لٲران
گلہِ گلہِ چاواں ژٕ لیش ژٕمِس
مٹھِ مٹھِ دوان تس تہٕ وناں چھس
" ہُمر اوسأرِ ے ژٕ لیش ژٕ ے وُنہِ چھی پرٕ وِنی
واراہ ناگ"

☆☆



ناگ اوس، ٔخمہٕ اوس، نہٕ کاںٹھہ مَشکہِ وول اوس
سکھ ٲس، تاپھ اوس تہٕ اکھ خانہٕ مول اوس

فوج اوس، رأنی ٲس، تسُند پوٗرٕ قبضہٕ اوس
میأنِس وچھس منز اژونُے اکھ تُلرِ اول اوس

تس ٔستی اوس رقص کراں از تہِ پوٗرٕ شہر
وحشی ونس منز از تہِ سُہ وایان ڈول اوس

نفرت کران ٲسی نہٕ أسی اکھ أکِس دوہے
ٲنس مےٚ ٔستی ماے، مےٚ تتھ ٔستی لول اوس





کٔیاہ پتاہ اوس کُس، کٔیاہ اوُسس ناو
چشمہٕ ناگ آسہٕ تس قدم ڈٔریاو

زنتہٕ پاتال، سرٛون تہٕ پُراسرار
از اچانک مےٚ اکھ زخم سمکھیٚاو

بخت اوُسم نہٕ، توٚگ نہٕ مٔلی مےٚ ہیوٚنُے
شکلِ یوسف سُہ سأنٛز کٔنٛز دژایاو

چُھم نہٕ پےٚ کر بلیک ہولن ژوپ
کر سُہ تارُکھ مےٚ چھم خبر زایاو

کُس ژےٚ پژاران کوہِ قافہٕ اپور
کٔیازِ شہنازٕ از ژےٚ لوگُتھ کاو



# میٲنۍ نظمہٕ لٔج واوِ گلبن......؟؟

گامہٕ پُرٛژُھم دریاوس، ناگن
وٲنسٕٹھ چشمن
انہٲرۍ طمہن

توٚہہِ ما وُچھوون؟
کٲنٛسی دیُت نہٕ جواب

شہرس برٕ برٕ پھیوٗرس
روٗغنۍ رویو
کزٲلۍ چشمو

ووسہٕ دژ وسہِ،
کٲنٛسی بوٗزنہٕ میٛون سوال............
تارکھنب اوس تھرٕ تھرِ اندر

پڑ ژھہَس کیاہ......!

قبرستانن زۍٹھ ہِندٕر

لول نیستانن منٛز نالاں

قولِ وچھن ہنٛز دگ وبتر اواں

سُلہِ صٔچ پڑ و لوِ پتہٕ لاراں

شاہٕچ سورخی ہاوس پأ راں

کأنسی چھنہٕ فرصتھ............

کانٛہہ چُھنہٕ بوزاں مثِون سوال............

کانٛہہ چُھنہٕ دِواں تَمن میانین تِلی من ہُنٛد پےٚ

دادِکی قطرٕ یَمن پیٹھ

موٚختٕگ عنواں لبنٕس پڑاراں أسی

بارخدایا، ژٕ ے کریَمہِ النفسی النفسی ہنٛزِ رأ ژ

میانین حرفن

میانین ورقن رأچھی

میأنی نظم لٔج زایُن لبنٕے واوِ گلین

☆☆

# ناسٹلجیا......؟

تہجُد کہِ موٗختہٕ چشمہٕ چھلن واجنوٕ أچھو!
گُل کہٕن گُلن بہار منٛگن والہِ دایہِ خأرٕ

ہے مشترک امارٕ!
ہیا مشترک بٕمارٕ!

بےٚ خوف میانہِ روتلہِ، دیوارٕ روٗس مکانہٕ!
صُبحأے سوٗنتہٕ، گوٗنگلہٕ تہٕ توکل کہِ بیٛأکی دانہٕ!

ہے ویٛرِ وارٕ!
گامہٕ کہِ انہارٕ......ناگہٕ رادٕ!

ڈٕری یاوٕ، ناوٕ تارٕ تہٕ چکہٕ چاوٕ، یارٕ بلہٕ!
صُبحأے میانہِ ڈیڈِ اَژن واجنوٕ ژریٚو!

کنہٕ وارِسٕتی راتھ کٹّن والہِ کوترہ......!!
کتھ کونہٕ چھِوٕ کران؟
دِواں کونہٕ چھِو جواب؟
کتھ شہرِ کِس وُجاروَنس منز پیٚوٕ نِندٕر؟
کوٚت گٲو......؟؟
درَس مےٚ چشمہٕ لجم، وأنٛجی پھٕٹم
تنہا چھُ صحن میٖون تہٕ کُنہ زٕنی چھےٚ زوٗن موج
کُنہ زٕنی چھےٚ میأنی لٲرتہٕ کُنہٕ زوٗن چھُ میٖون گام
کُن زوٗن چھُ میٖون پان
کُنہٕ زوٗن بہٕ چھُس کھوژان
کتھ کونہٕ چھِو کران......؟
دِواں کونہٕ چھِو جواب؟
☆☆



کم کاسہٕ لُکھ پکان، وں گۆو زیٛادٕ رتھ پکان
پڑتھ حالتس اندر چھےٚ مگر سأئنۍ وتھ پکان

ٲمۍ زیوٚن، ہور ٲمۍ تہٕ ٲمِس تور لۆگ برس
موکلاں چھ جنگ نامہٕ بہرحال کتھ پکان

بدنن اندر وں کیازِ نہٕ آرام اتھ یِوان
عَلمن کھٕسِتھ چُھ کیازِ یہِ انسأنۍ رتھ پکان

دوشوَے یِم استعارٕ مراں زاثہہ، نہ زاثہہ بُڈان
شمہُک دزُن تہٕ پوشپرِنۍ از تام کتھ پکان

سأری کھوژاں زِ دان ژھۆونۍ ٲژھ نہٕ کأئسہِ ہُنٛد
پڑتھ شامہٕ سانہِ کوچہِ چھےٚ اکھ شینہٕ دَتھ پکان





کُنہٕ ألفہٕ قد، کُنہِ دال بن
ژٕ تہِ میٲنٛز پٲٹھۍ مثال بن

امہِ بدنہٕ ہیۆر وٗل ژٕ کر وُڈو
بہٕ جرے اچھر، ژٕ خیال بن

بہٕ أچھن اندر للہٕ ناوٕہتھ
بہِ جلال ترٛاو، جمال بن

چُھکھٕ بأگراں، مےٚ پُرٛژھمس یُتۍ
دۆپُن آ، ژٕ دستِ سوال بن



# گوتم

گوتم......
بس اکھ ارتھی
بس اکھ عاصہٕ تہٕ اکھ بیمار ڈیشتھ
جامن چاکھ دِتُھ
شہرٕ ے ترٛ ووُتھ
پتھ ونہٕ جاے رٔٹتھ............
گوتم......میانین ژۄشوٕنی طرفن
دأ دی دأ دی
خونٕ خۄن
لاش ہُند امبار
گوتم......مےٚ تہِ چھِ چانی پأٹھی جگرس نیزٕ وسان

وۄنِ گوجامن چاکھ چُھس نہ دِوان
نے چھس شہرٕ ترٛ اواں
نے چُھس ترٛ اواں بأژ گرٕ کی............
گوتم ترٛ او ضٔعیفی
وأنج گٔنز کر

دوہ جوراہ کڈ میأنِس شہرس منٛز
سخ چھم چأنٛز ضرورت
لاشن نکھ دِنہٕ باپتھ
سڑکن ہُنٛد رتھ وۄتھرنہٕ باپتھ
پینأیی رۄس وأنسٹھ چشمن
صٔنجکی سنگر

شاہج سورخی چھپہٕ دِنہٕ باپتھ
گوتم کٔتِس واتہٕ بہ کُن زۄن
دوہ جوراہ یم مد دِتس
دوہ جوراہ کڈ میأنِس شہرس منٛز

☆☆



پھِری پھِری پڑ̮ژھاں چھِ لۄکھ زِ گٔژ گٔے بچٲر کر
زن چھُکھ نہٕ پےَ، گُوان ٹھِپس مٔژ چھےٚ ہٲر کر؟

کر پَن ژھیوٗنُس تہٕ کر ساٗ سپُد گولہِ رۄد تتھ
ژٔر سرحدَو اپور شُربن گانٹہٕ بیٲر کر؟

وۄنی پےَ لۄگُم زِ اندرٕ چھُھ نیرُن نبر غلط
آوارٕ گٔے مےٚ چشمہٕ، تلا بند یہِ دٲر کر

دستار سأنی أسی ہِوی أدی أدی تام
کر بأگرن یم آے، یمن لٔج یہِ ژٲر کر؟

مِسکین موٗنڈ زنانہِ پھٔرِس تل شِٹھیٚو خواب
پروردِگارٕ أزی کہِ زمستانہٕ خٲر کر





خۄنہٕ یَم رچھاں ژٕ چھُکھ تِم دِکھا ِکرایہِ پٮ۪ٹھ
ون دِکھا وَچھِکھ ژٕ نوزُکھ طمع ِکرایہِ پٮ۪ٹھ

پرٕدِ تھوٚدتُلکھ تہٕ ئلی، وٕتھی تھوَکھ ژٕ ڈٕری چھِہ ئلی
ڈٕدوَنن نِمُت چھُ سوٗنٹھُک ہوا ِکرایہِ پٮ۪ٹھ

یتھ شبس پٕنٕزی چھِ کۄرِتھ نِعمتی وژھو أچھو
یتھ شبس ژٕ خواب جورہ دِکھا ِکرایہِ پٮ۪ٹھ

سأئی کتھ بدل قلندر چھِ أسی، یِہُنٛد وُنم
کیاہ کرن اگرنہٕ میلہکھ گُلاہ ِکرایہِ پٮ۪ٹھ



# مژی......ونیٚو ے!!

(۱)

أمژی ونیٚو ے، مہٕ وُچھ کُنی ژٕنی یہِ زوٗن شامن
اگر تگاں چھےٚنہٕ دأر  ووٕنی بند کرٕنی
مےٚ ونتم

یہِ چھا خطا میون
اگر ژےٚ روشن دان مُژ رنہٕ اوے سِینگُ
اگر ژےٚ أندری شیٖشہِ پھُٹُنگ چھےٚٔ کنن گوٚے
مےٚ کُس خطا کھوٚت......؟
مژی، یہ زوٗن چانہِ کھوتہٕ تہِ بُڈٕ مُژ
یہِ چھےٚنہٕ بلکل پژان کأنسی

قلُف یہِ مُڑراں کمن صندوقن
کمن مڑن مس یہِ پڑاٹۂ ناواں
تۂ چا کھ جامن چھےٚ دیاۄناواں
ٲڑی ونیو مے، مۂ ۄُچھ گُنی ژٕنی یہِ زۄن شامن

☆☆

(۲)

# ایس ایم ایس

ٲمی اوس نہ رۄ چھمُت زۄن ژودآہم وچھنُک
ٲکھنۍ تہِ خواب
پۆز......اکہِ دوہہٕ متہِ رہتہٕ کالہِ،
ییلہِ تمہِ آنگنۍ زۄن ژودآہم دژاے...........
لس رۄ دنہٕ پانس تام
تہٕ مُژرِن ہنگہٕ منگہٕ دأرِپٔنۍ
دوژھو، دوژھو سۆ مبروُن سورُے زُنہ گہہ
ہلمس منٛز
پتہٕ تھوُن راتس پھُٹج بنأوِتھ شاندس تل
تو پتہٕ لیٛوٗ کھُن کستا متھ اکھ ایس ایم ایس
''ازسأومےٚ چأنۍ ژودآہم زون راتس پانس ستۍ''



(۳)

# زۆنی پان پئُن پۆ بزناو

زۆنی!!
پۆ ہتھ شبہ چاۓنِس اتھ بون وسنس پیٹھ چُھم
جیرٕ ووتھان
یوسہٕ کانٛہہ دآر، یُس درواز دِواں چھے ناد......

دوراں، دوراں
سورُے گہہ ہتھ تِتھی نِش چھکھ واتان
زۆنی، ہر گہہ پان پئُن پۆ بزناوکھ
ہر گہہ پئنِس دیواں خانس اندر بوش رٹکھ
سأری آنگن،
دارِتہٕ برہےَ واتن کھوٗشش کران
چاۓنِس دروازس پیٹھ

توٚ پتہٕ لیکھن چانٛن پدی آکھن پٮ۪ٹھ
پٮ۪نٛنوٕ اٲ چھر والَوٕستی ............
''چانہِ جلوٕک سوندری اسہ ارمان''
زۄٗنی......تھز رتۍ اٲ وِتھ اَتھُ چاٲنِس
پرٛ ؠتھ شبہ بون وسنس پٮ۪ٹھ چھُم جیرٕ ووتھاں





برزٕ، شہناز رشیدٕن باپار
شوٗرٕ، شہناز رشیدٕن سمسار

تس وُچھِتھ یاد پیٚواں چُھم لوکچار
تس چُھ شہناز رشیدٕن انہار

زوٗنہِ چھا پوٗرٕ شبس ودناوان؟
آسہِ شہناز رشیدٕن کانٛہہ یار

کر تہٕ مُروَت، مےٚ اُچھن سریٚہہ گژِھ ہا
پرٕ تہٕ شہناز رشیدٕن کانٛہہ شار

سأرِسے بیٹھکہِ منٛز گرٛبز کُنزُک
زنتہٕ شہناز رشیٖدُن دربار

یتھ وٗں مسمار گٔرِتھ گئے ہاوس
اوس شہناز رشیٖدُن دیوار

راتھ شہناز رشیٖد اوس وناں
کوٚر مےٚ شہناز رشیٖدُن دیٖدار





یہِ چون پان چُھ صحرآوی دھوکہٕ بآزی ہیوٗ
ژٕ دوٗرِ نظرِ یِواں چُھکھ مےٚ یارِ جآنی ہیوٗ

کتھےٚ نہٕ پانہٕ کراں، زبو مگر اناں لوٗکن
گُلاب وُچھ مےٚ دوہےَ پننہِ بے زبآنی ہیوٗ

اتھن چُھ خوٗن مےٚ پشپاں، تہٕ وُٹھ منگاں چھِم ترٛیش
اتی یزید بہٕ باساں، اتی حُسینی ہیوٗ

بہٕ ہاوٕ ہےَ ژےٚ پکُن واوٕ، آلی ناشہِ ورآے
اکُے دوہا مےٚ گوٚژُھم چانہِ حکمرآنی ہیوٗ

کنن گرٛھاں أمِس آلو، نہ پوٚت نظر چھُ دِوان
یِہ نالہٕ اہرٕ بلکُ چانہِ تتھ جُدأیی ہیوٗ

نہ تارکھٕے چھِ شُرٕ ہن کیُت أمِس، نہ میٚے کیُت زوٗن
یِہ آسماں چھُ مےٚ باساں خدایہِ، خأ لی ہیوٗ



# ''کۄ رنکھٕ واٮ۪نۍ''......؟؟

''کۄ رنکھٕ واٮ۪نۍ''
ترٛنے......گُل بیۆل ترٛنے حرفن
بٔنیمژ برٛ یڈۍ
باوٕژ بل چُھ یَمہِ محکوم کۆ رمُت
قرنہٕ وادو پیٹھٕ از ژُیک تاں
کۄ رچھازِنۍ بو رکاثہہ مأٮ۪لس پھیکٕن پیٹھ !
(ونہٕ وساں یُس آسہِ کمرِ ےلتس کراں ہۆ ل)
کۄ رچھا کاثہہ آرِ پل !
(یُس کراں رفتار دریاوُک چُھ کم)
کۄ رچھاساٛ آ نگنٕچ بوسید ڈیڈۍ !
(گُرۍ گرس یوسہٕ رأتی راتس کھوژِ ناواں)

کوٗر نیوٗل اسمان
پوٗنپری گتھ چھےٚ کوٗر
کوٗر نوزُ کھ برگِ گُل
کوٗر پھولہٕ وٕنہِ گاشہِ، شبنم،
کُکلہِ ہُنٛد گُوگُو، چھےٚ کوٗر
زوٗنہِ ہُنٛد پرٛ بزلُن چھےٚ کوٗر
تارکن ہنٛزٕ باشہِ، کوٗر
کورِ ہُنٛد پیکر،
پھیکٕن ،شانن ،اتھن ،قدمن ، کوٹھن کیُت
ہرمو کھُک رأیِل
وقارُک کوہِ نوٗر
''کوٗر نکھٕ وائلنٕ'......!!
یہٕ مُہمل حرفہٕ ہانٛکل
ییمۍ ''زباں دانن''
ضعیف الاعتقادن
لُغّتِ احساس کٮ۪ن ورقن اندر
شأمِل چھےٚ کٔرۍمٕژ
تسٕنٛز وچشمونہٕ وُچھِۍمٕژ

زانٛہہ تہ
سوٚنٛچ لأو ہِی تھٔر
لتس نہ شاید آنٛگنس پھۄ جِرٕژ زٕنٛہے
نافہٕ ژھٹہٕ وٕنی پوٗشہِ لٔنٛڈ............





ڈٲنجہِ آہستہٕ پن ٹُلاں روزو
ستھ چھےٚ اکھ داو، کتھ کراں روزو

زِندٕ ما آسہِ کاںٛہہ سِپاہ، چُھ بنان
جنگ نامن ورق پھِراں روزو

ووٚنۍ چُھ اکھ چاہ تہٕ توپتن پاتال
یۄت کوتاہ ول بون وساں روزو

نار دی تن سُہ، یا شمع زٲلِن
أسۍ چھِ پوٚنپرۍ تہٕ أسۍ دزاں روزو

یم بےٚ سر شکلہٕ گُرٕھی پچھانٛو لۄکھ
پۄرٕ شہرس یم از مراں روزو





تِم چشمہٕ، نہ تِم خواب، نہ تِم نغمہٕ، نہ بلبُل
کیٛاہ لیکھہٕ، مےٚ یِم لۄکھ وناں چھِم زِ قلم ٹُل

زانٛہہ وُچھ نہٕ أچھوٚتیمی زِوناں کتھ چھِ سِیاہ شب
یتھ تاپہٕ ٹیٚکِس گٔے نہٕ أزیٚگ تام زَنٛہہٕ سُل

چھوکھ لۆگ تہٕ تمیٚگ چھُم نہٕ غم، افسۆس یُتُے یۆت
گٔژ آیہِ تمی طرفہٕ یپأری أسی یِواں گُل

از کیٛازِ نہٕ راواں بہٕ، ڈلاں کونہٕ قدم میٛأنۍ
سوے زۆن تہٕ سُے ناگ، پرِستان تہٕ روٗتُل

پانٛس سِہ گھہٕ پانہٕ گرٛھاں سمکھہٕنہِ مأنٛزی مأنٛزی
شہنازؔ تِمِس رۄس وٕں کُنُے رۆد نہٕ بالکُل



# ژھاے

## (اکھ واقعہٕ اکھ تخلیق)

لتس چُھ اختابہٕ ڈٕکس پیٹھ پڑ بزلان
زۄن چھس لونٛچہِ اندر
دۄن اچھن منز چھِ گہاں لتس تارکھ
لتس چُھ اکھ زیوٗٹھ مگر کورٕ ورُق چشمن تل
لفظٕ یاقوٗت چھِس جرِتھ قأُلمس
اچھرٕ ورشُن چھِ تسٕندی خواب،
ناوٕ چھُس خوٗشبو
بُلبُلن نغمہٕ، گُلن رنگ وُزاں تسی ڈیشِتھ

پری یہٕ ہُنٛد لتس چُھ رٕژت
ناگہٕ بٕٹھِس پیٹھ چھےٚ گبٕواں
پتھ وٕنکی دیٚو چھِ کراں رقص لتس اندی اندی

تم ہوٚاں چھِس ڈٕلُک اختابہٕ ژھیُوٗن
تِم چھِ پاتال ہوٚاں تِس واٮ۪نۍ
لوٗنچہِ ہٕنزِ زوٗنہِ ہوٚاں چھُس شرٛ زکھیٚوٗن
تس چھُ لرزان قلم،
اوٚنگجہِ نٹان
اچھرِ ورشُن چھُ شرٛ پاں صُحراوس
کورِ ورقس چھِ دزن داغ لگان
کٔنۍ گوٚمُت عآنہِ مےٚ ہیوٗ اکھ انسان
کُن تہٕ ہے بنگہٕ وُ چھاں دوٗرِ......دوٕ ہے
اکھ عجیبے تہٕ پُر اسرار منظر
ژھاے ووٕ تلاں تہٕ بُڈاں
ناو زینان، گھےواو زینان،
کٔنۍ گومُت عآنہِ مےٚ ہیوٗ اکھ انسان
کُن تہ ہے بنگہٕ وُ چھاں دوٗرِ......دوٕ ہے
ژھایہِ ہُنٛد تاپہٕ دزُن
ژھایہِ ہُنٛد تاپہ سوٚ درشہلاوُن
ژھایہِ ہُنٛد پان سیاہ نو کتہٕ ژمُن کوٗنس منٛز

اَتھی اندر، دۄ رِ تیٲری زِیپٲری دوہ چُھ لوسان
وُزاں مُعجزٕ، روتُل پژٕ بزلان
تارِ کوہیوٚ رچھِ کھساں دستِ دُعا کستاں ہِنٛدی
گاشہِ ورشُن چُھ تمنٕی رأژ گرِژھاں
زن صحیفن چھےٚ گرِد دِہنٕہِ یِواں
کن چھِ بوزاں تِلاوَتگ گرٕ بزہیوٚ
(کٲنٛژ گوٚمُت عانہِ مےٚ ہیوٚ اکھ انساں)
کُن تہ ہے بنگہٕ وُچھاں دۄ رِ...... دوہ ہے
ژھایہِ ہُنٛد کاڈکڈان، گاشہ سمندر سپدُن
ژھایہِ ہُنٛد قلمہٕ جرنٕی کورِ صفس
زۄن تارکھ تہٕ سنگرمالہ
پٕژن اوٚش سورُے

☆☆



ڈرِیاون ہۄنز وَتھ اٚسۍ ہاواں میٲنۍ قدم
موچھِ منٛز اوس مےٚ دوہ جورہ صٲحرایِ اعظم

دوہلِہ سُہ میٲنِس حرفس نَہہ ناوان
شامن آسان اۆنگجن منٛز تس میٛون قلم

پٔنِس سیٚزرس پزرس وندِہا پننہِ نُے رتھ
موقہِ پرستی چانہِ بہِ وندِہا لُچھ تہِ پدم

ژۄنۍ گُجی ییٚلہِ پۄرِ پھولکھ، ییٚلہِ فصل لگی
تَمہِ دوہ یِم کنہِ لگنَے تِمنِے ہُنٛد چھُم غم

وٲنٛسہِ ژےٚ تھووُتھ دود کھٔنٛٹِتھ گُلدانن منٛز
کُنہِ نتہِ کُنہِ دوہ چشمہِ ژےٚ پانَے گرشھنَے نَم





یقینۂ وأ‌لی چھِ ہلمن بران دوڈُے دود
یہِ آستاں چُھ دوٚژھو بأگران دوڈُے دود

ووداۂ‌سی وَتھ چھےٚ أمِس ژٔنڈِہار تا قنڈِہار
توَے چُھ زوٗنہِ پیاپےَ ہران دوڈُے دود

انان کاأنسہِ یہِ نٔوی پرٕ ٹھِپس اندر أسِتھ
تہٕ کاأنسہِ نِش چُھ یہِ نیوٗل آسمان دوڈُے دود

سُہ کر چُھ شامِ غریباں گژھاں أچھونِش دوٗر
مےٚ ہیپہٕ یاد، مےٚ نِش سایہِ بان دوڈُے دود

تمہ گرٕد چھےٚ اناں گاش مُنتظر چشمن
بجایہِ خوٗد چھِ مگر کاروان دوڈُے دود

تمام ناگ سکوٕنکی مےٚ وُچھی تتی نیران
پیٚتّھن رشیدٕ بظأہر وُزان دوڈُے دود

☆☆



قدمن وۄتھراۍو یِمو یہِ میٲنۍ سینہٕ سِپار
تِم ٲسۍ سٲری میٲنۍ پرٕۍمتۍ، لیکھمتۍ یار

از تاں زٕہے تہِ ووت نہٕ لولُک رقص مےٚ اثد
کُنہِ پیٚیہِ قدمن بڑیڈۍ تہٕ کُنہِ ژھیٚنۍ سارَنگہِ تار

اکہِ لٹہِ پرٕژھہس ہردِ چ زردی کیٛاز ژےٚ ٹاٹھ
اکہِ لٹہِ وَنہَس زندگی ہُنٛد ہرتر سبزار

مےٚ تہِ چھُوٕ خوف تبردارن ہُنٛد تھُنٛدی پاٹھۍ
ہٕتہِ چھُس پنٕنِس جنگلس منٛز کُن زوٗن دِودار

بیٚیہِ ہیٚژٕ واتنۍ گُمۍ تاں ظاٲلم شخصن نےَ
بیٚیہِ پیٚوٕ یاد مےٚ تارکھ رٲژن ہُنٛد سُہ بہمار



# الاماں

چُھ قابیل ڈکھ دِتھ
تہٕ ہابیل سٔنز خوٗنہٕ سٔری لاش وتہِ پپٹھ
چھس کُن زِواں یوٗسفس بآے
فرعونٕی لشکر مِٹاوُن یژھاں
طوٗرٕ کہن نوٗرٕ حرفن
صلیٖبس گٔنڈِتھ ابنِ مریم
ابوجہلہٕ سُنٛد وٹھ وچھن زاگہِ روٗ زِتھ
علی اصغرس وُنہِ تہِ ۂٹ سۭے اندر تیٖر
ون واسِ جاآری
ہوٗتبن راکھشس ، ماجہِ سنتان ہتھ ژوٗل
یتبن پوٗ ژِزاگان راوَن
کلن ہُنٛد یہِ دیوار چنگیز خانُن

**خدایا امان......!!**

**الاماں، الاماں......!!**

**الاماں، الاماں......!!**



# ژرِہٕنڈ وبداکھ

......پتہٕ ییٚلہِ دوٚشہٕ یے بأژو
گاش أچھن ہُنٛد
خون مژھن ہُنٛد زألِتھ
پانس
بیٚیہِ ینہٕ والین شہزادن کیُت
وأنٛجہِ اندرتھاوٕنی لایق لرِہن گرتعمیر ......

پتہٕ ییٚلہِ اکہِ دوہ

اِژوُنہِ سوٛنتہٕ
تتھی لرِ ہنٛزِ کنڈی ژھرِتل

ژرِ اکہِ اول بنوو
پتہٕ ییٚلہِ تمہِ ژرِلسنکی بسنکی رنگ ابسأوی

نِکٕہن نِکٕہن معصوم بچن ہندی خاب وُچھِن
سینس منز ییٚلہِ وُ زِنٛی تمِس لٔج شُری باشن
دۄر ونس منز صُبہٕ پیٹھٕ شامن تام نۆ ژُن
سوٚنچہِ اڈٕپھوٕ جہِ لٔنجہِ پیٹھ
منزٕ لی بأتن مالہٕ کرٕہن
پتہٕ ییٚلہِ واپس آیہِ نژاں نژاں
اسمان پیٛوس کلس پیٹھ
لرٔ اٰس نارن ؤجمژ
کنڈی ژھرِ اوس
بوٕنہٕ کنہِ صحنس اندر
وُنہِ تہِ ووتھأنی دِہ
ژرِ دِتی نالہٕ
باکہٕ ژھچہن
ہوہو کرٕ وٕنی منزٕ لی بأتھے مۄ دی وچھس منزٕ لتس

☆☆



از پگہہ چُھکھ دِنۍُ گلابن ناد
اسۍ چھ خوشبو، ضرور لاین ناد

وَدنہِ شامن مےٚ نِش یواں سو پری
پِنہٕ زانٛہہ دِکھ مےٚ شام وقتن ناد

چھس خبر، زاۓلی پنجرٕ چھِم اۆلی
گٲڑھ نہ لاینۍ سو زوٚن دری چن ناد

نیٖل کنٛٹھ سُنٛد سُہ مٹھ مےٚ چیۆ سورُے
کتہِ پۆت پھیرٕ، کانٛہہ تہ دی تن ناد

خون أ چھو چھُس ہراں، چھُ دس بہ دُعا
دیُت اگرامی کوہن تہ بالن ناد......! ؟

لۆگ سۘکِستانۍ راز سُنٛد دربار
از چُھ ناگن، کولن تہ باغن ناد



☆

سُجٕ یہِ تٔمۍ سُہ چُھ مُہمل کتاب، ژٕپرۍ پہن
سُہ نوکتہٕ دان سپُد لاجواب ژٕپرۍ پہن

ژھٹاں چھےٚ رنگ تہٕ خوشبوے، دِواں وٕں سونتُک پےَ
بنٛیایہِ میأنٛ چھوکل تن گُلاب ژٕپرۍ پہن

حسین تر چھےٚ فقط لُر پٕنٛنۍ، پٕنُن آنگُن
چھِ کینٛہہ نظارٕ گرٛھاں بے نقاب ژٕپرۍ پہن

نہ والہِ کٔدلہٕ ٹھٹھِس کانٛہہ، نہ کھوژِ گاٹُھک ہأنٛز
بلاے سپدِ مگر غرقِ آب ژٕپرۍ پہن

وں توٚر یہِ فکرِ أمِس نیرِ پان چھأوِتھ کیاہ
قرار بوٗٹھ یہِ سرکش چناب ژٕپرۍ پہن

☆☆



آرٕ ہێتھ، عارٕ رٕسی چھِ ژھایہِ گُلبن
ٹکھ یژھاں دِیُن چھِ یم کمایہِ گُلبن

زندگأنی چھِ گُلۍ تہٕ سرحد موت
گۆژھ یہِ سرحد لگُن بلایہِ گُلبن

کُس پٔژھاں چُھکھ بےٚ سایہِ وقتس منٛز
کۆس جوأنی گُمٕژ چھےٚ ضایہِ گُلبن

چھکھ خبر نغمہٕ گیوٗاں چھُس تہنٛدی
پوٗش دژاٮ۪تۍ چھِ میانہِ مایہِ گُلبن

گُل نہٕ بُلبُل نہٕ پن نہٕ شِہجارٕ ے
گۆژھ نہٕ نیرُن ؤل پیٚوٚن گدایہِ گُلبن





کیٛاہ اچانک یَمن اتھن راوان
گاش پھۆلِتھٕے چُھ ڈیٖنٛجہِ پن راوان

کانٛہہ سناں چھا، پکان دورِ فلک
وائے کم کم، کُمن کُمن راوان

ماجہِ ہُنٛد بوسہٕ یام یاد پیوان
وقتِ تہجُد چُھ نۆر زن راوان

یتھ کُلِس تل خزانہٕ ژھارنہِ گۆو
تتھ کُلِس تل فِکر تہٕ فن راوان

میلۂ وادن دپاں یپآری گُل آسی
ءکتی جانانۂ آءسہَن راوان

لولۂ وُڑرن یُتھے کھسُن بۂ ہسوان
کوثنگ، رسُل میر یا مٹن راوان



# تأو

(اکہِ اذیّت ناک حأدثہٕ نِش مُتأثر گڑھتھ )

بُتھِ رؤس صورژٕ
درٕ چھ ، دروازو رؤس مسکن
پکھٕ ژٕڈ پونپرٕ
باشو رؤس شُرٕ
خأبِ یِواں چھِم اکثر............
گُمہٕ سراں کراں چھِم
رُم رُم چھِم تژٕ ہراواں
مگر سُہ خواب اوس وحشت ناک
(تمہِ شبہٕ خأبِ وُچھُم )
زؤن دِژ کٕمی تاں
نبہٕ پیٹھٕ بون دأرِتھ
برمنٛدِ ئن

پٲتھرِس پیٹھ پیٚنہٕ بۄ وٕنٛڈھے
ٲژ سو درس
آدمی ونہٕ کھوٚ دالانو پیٚٹھی کنی............
شۄز اوس أتھی گرِ پۄاراں
سورُے پۄ بۄلُن نیوٗنس
بُتھ ہێتھ ژأ پِتھ
تمُن گرُشھن گٔے عام کتھا
تٲ وسیٕزتس
تسُنٛد حال وُچھِتھ دیٲ وشہرن پارَے
''تٲ وٕگمٕشیہِ زوٗن چھےٚ منحوص
سانٛہن شیٖشوِ دارٛن
پنجرٕ دریچن باپتھ
شُرٛن ہٕنٛزن موصوم
نوزُکھ چشمن باپتھ''
(أتھی ستی موکلیوو خواب)
ووٕنی گو وراہ وَکھ
تتھ خوابس............
تارکھ مالو پیٹھٕ تتھ شہرس تام

سوٗرٕے پڑٕ بزٕ لان
لیکن زانہِ خدا
ازتہِ مےٚ کیازِچھےٚ

باساں
تہنٛدِ نٕیچ سوزٕوٗن
تِتھےَ کنٕز ہاے مُلِتھ رویس
تِتھےَ کنٕز ازتہِ درس





دارِ پٔپٹھ أس بہٕاں ہأر، مےٚ از تامتھ یاد
ہٕج گرٛھاں أس تٔمِس کأر، مےٚ از تامتھ یاد

یس وِتس أس وناں زۄن چھےٚ میےٚ باواں دأدی
لُکھ ونان أسی تٔمِس چأر، مےٚ از تامتھ یاد

کٔدلہٕ ترُون مےٚ یِواں چُھے نہٕ أچھن ٮ۪لی سہلاب
ٹاٹھِ دریاوٕ، سُہ لاخأر مےٚ از تامتھ یاد

ییتھ پٔپٹھن سجدٕ دِنکی خواب وُچھاں دستار أسی
پۆژِ ہٕنز لوٗنٹھ سو انہأری، مےٚ از تامتھ یاد

سأنی دِل، سأنی نظر، سون ہوا أس چھلان
شہرٕ منٛزی أس وساں مأر، مےٚ از تامتھ یاد





وُچھاں ژوٕپأری بۓ عشقٕنۍ کُلاہ تۓ سر نہ گُنی
سُہ موٚت چُھ نُجدٕ ونٕک پیٚتی، مگر مژر نہ گُنی

بۓ گُنۍ بڈیٚوس، مگر توتہِ چُھس پیٚتی موجود
لجاو شاپھ مۓ ییٚمی سُنٛد، سُہ جاٗدی گر نہ گُنی

تمام نظرِ تِتھے پاٗٹھی از تہِ نظرِ گژھان
وُچھاں یوس اُس مۓ پھِری پھِری، سوٚ پوٚت نظر نہ گُنی

شبس یُس اوس سجاوان میانہِ کُنٛزُک وان
کراں خرچ بۓ یُس اوسُس اُچھو، سُہ زر نہ گُنی

ضرۆر روتلہِ آسن کھوژان اتھ منٛز خواب
کسُنٛد مکان چُھ اِستادٕ، دارِ بر نہ گُنی



# وتہٕ گتھ

بێیہِ تٔتھۍ وتہِ پٮ۪ٹھ
شامہٕ ہنابڑ وۄنہہ
وتہٕ گتھ جوراہ بڑ مجہِ گوڈس تل تڑ آ وِتھ ڈاپھ

بێیہِ تٔتھۍ وتہِ پٮ۪ٹھ
ناگہٕ بٹھِس نِش
ویرِ چھٕجس تل
سوداگر جوراہ دَم شِہلأ وِتھ بڑ وۄنہہ کُن دڑاے
تِمن پدٕبن ہٕندی آخ مٹاواں
پہٕنٕدی قدم لیلام، نظر آوارٕ سپز
تتھی شہرس منز
ژٕری ٕمتۍ تیمی آسی چشمن تہٕنزن ٹھمہکۍ رنگ محل
موختہٕ چہِ ہانژِ پُشر مُت تیمی اوس دوژِ دوژِ فوتہٕ تِمن
تِمنٕے دون شخصن ہٕندی پأٹھی

یم آیہِ ژٕلِتھ تمہِ شہرٕ تہٕ ووٚنۍ
ہُتھ بڑٕ مچِہ گوڈس تل ہند رِاندربس اتھِ موٗ ران
شایدآسن خواب وُچھاں تم
تِمن لربن ہنٛدۍ
تِمن برن ہنٛدۍ
چھونہٕ اَتھویوٚت واپس گژھنٕچ کل گنہِ تِھے چھکھ سرف بُچھان
ویرِ تل کٔمن دون سوداگرن ہنٛز باگٕر ڈیشِتھ
ویرِ ہنٛزٕ سارے لٔنجہِ لرزاں
ویرِ خبر......یہِ زِجلدِ ے اکہِ دوہ
دوشوَے یم سوداگر پھیرن واپس چھونہٕ اَتھو
للہِ واں آسن راون تیوٚل
اُتھی بڑٕ مچِہ گوڈس تل تڑٕ اون ڈایچھ
تِمن تہٕ پیٚیہِ سوے زٕ ہٕٹھ ہندِر
تم تہِ وُچھن پتہٕ خابس منٛز، گُنو ورأیی گُرۍ
تم تہِ دِپن افتابے گوٚ ژھ نہِ کھسُن
تم تہِ یژھن زِ گوٚ ژھ نہِ وُچھُن کانٛہہ پنُن تِمن
نے......پرُ دگوٚ ژُھکھ پڑٕ بزناوُن کانٛہہ

☆☆



چھِ پڑٕ بزلان باضے پدٕن ہٕنٛدی نشان
چھِ نیران ئٔژ رأوِمتۍ کاروان

سنأنی نہ بر ما وُچھاں چھکبھ وتن
دوأنی نہٕ زانٛہہ پۄ٘ت نظر رفتگان

أندٕری ژٕنژ چھِ آمتۍ وٕستھ سأنی پأٹھی
کھڑا توتہِ کینٛہہ پرٛانہِ وتلکی مکان

سِیاہ پرٕگنُک سُے سُہ عالم پناہ
چُھ ووٚنی پنٛنہٕے بٕندرِ نالس کھوژان

خبر کیٛازِ باساں مےٚ لۄ٘ب گُل جہاں
یُتھے چھون ہلم کانٛہہ دُعا بأگران





کُنہِ ساعتہٕ اژھ وچھس منٛز پتہٕ راو ژٕیر تامتھ
انہِ گوٚٹ منٛگ ژٕ سورُے تَنہِ باو ژٕیر تامتھ

یہِ وجود میٛون اکثر چُھ شبس بنان ابسُن
مےٚ رُمس رُمس چھےٚ سپداں پنہٕ داو ژٕیر تامتھ

ہیٚیہِ از تہِ چون وحشی ہیٚیہِ سینہٕ میٛون ژاپُن
ہیٚیہِ از تہِ آسہِ زالُن مےٚ الاو ژٕیر تامتھ

ییٚمہِ کٔبن بٔٹھن چھِ یادٕ ے، تمہِ ناوِہٕندی زٕ سأتھی
ییٚمہِ سوٚدرٕ شام سپدِتھ، ووتھِ واو ژٕیر تامتھ

زُنہٕ گٔہہ شبس ژٕےٚ ہاوی کُنہِ أنہٕ یادٕ وُترٕیک
ڈٔبہِ نِش تہِی تہٕ ژھاری کُنہِ کاو ژٕیر تامتھ





پٕواں ترٛٮن تہٕ ترٛوٕہن چُھ انساں دوہےَ
چُھ راوران یُس، سُے چُھ سمکھاں دوہےَ

دوہےَ ما چھِ مُشران بر گُلبدن
پھولاں آنگنٕکی ما چھِ گُلداں دوہےَ

أمِس پوٗشہِ نۆلس یِواں کونہٕ عار
یہِ میأنِس وِچھس کیازِ کۆراں دوہےَ

نہ شنکر، نہ سقراط سُنٛد کانٛہہ مُرید
چھ لۆکن بدن کیازِ نیٚلاں دوہےَ

یہِ اختابہٕ شامن چھس منٛز وساں
چھِن ہٕنٛدی چُھ شاہ یاد پاواں دوہےَ





تھف دِتھ چُھ کُس نِوان سحر وقتہٕ لتس سکوٗن
وۄشلان کیازِ راتھ ڈٕلتھ پٔتٕمہِ پہرٕ زوٗن

للواں نہٕ دگ گٔہنٛےٕ تہٕ وُٹھن پپٕھ نہٕ کأنٛسہِ وأے
یا چھوکھ وۄزٕلی، گُلاب سپٕدی، یا نہٕ وۄنی سُہ نوٗن

موجوٗد پان زالنُگ ارمان پوٕنٛپرٕ بن
سوریٛو و کینٛہہ اگر تہٕ شمع زالنُگ جنوٗن

کأنٛہہ کتھ دروٗ دہِش، نہ گرُک کوٗنج کأنٛہہ چُھ سیوٚد
تِم ماجہِ ہٕندی کلام، نہ تِم مأجی ہٕندی ستوٗن



# شاپھ!!

## (اکِہ گامِکہِ شامُک منظر)

نہ چُری گیُش لربن ہُنٛد
نہ وتھ گر دِئری کانٛہہ
نۂ دوہ درِ چُھ نۆٹ کانٛہہ دَواں یاربل کُن
نہ آنگُن اژاں کھہہ نکھس پپٹھ شُراہیوٗ
نہ ابسُن چُھ ژھاراں پِنٛدِ رشام سپدِتھ
نہ وُٹھ بوسہٕ دیُن کانٛہہ یژھاں شامہٕ سوٗنٛدرن
نہ وہراتھ اچھن منٛز
نہ صحراوسینٛگ منٛگاں رۆٛدِ راتھاہ !!!

یہ چھاشاپھ، یا چھاپز رتی
یہ چشموٗ چھاں چھُس
مکانن اندر چھادزاں ژأ نگی
کِنہ مقبرن پیٹھ
شمع زألی متی وأ رثو شام وقتن

☆☆



سرف بُچھاں چھِ أمِس بار بار میأنی پأٹھی
مشان چھس نہٕ زٕنہے یارِ غار میأنی پأٹھی

ضرۆر آسہِ تِمِس پنجرٕ دأر کانٛہہ پرٛاران
سُہ اوس زۆنہِ کراں انتظار میأنی پأٹھی

فقط حوالہِ کٔرِن کاغذۆ یہِ ناو، تہٕ گۆو
یِتہٕ وۆنُن زِ ''رشاؔ، گنٛدیہِ زار میأنی پأٹھی''

تِتھے تہِ رۆد نہٕ دستار تس دوہے محفۆظ
تِمِس تہِ آسہِ نہٕ کانٛہہ یار وار میأنی پأٹھی

لسُن بسُن ژٕنے اگر چھُے، تہٕ ہیٚچھ اداکأری
اساں اساں ژٕ أچھو خۆن ہار میأنی پأٹھی





نظرن پھولاں گُلاب، نہ مُتؠ مُتؠ گرٛھاں بہار
پھِری پھِری وُچھاں زمینہِ چھُ ہردُک یہِ داغدار

گاٹھُک سُہ پرٛؤن ہأنٛز رٔژتھ کدلہِ ٹھوٚٹھ، ونان
آساہ تِمن یہِ یاد ىٚمن دیُت مےٚ وأنٛسہِ تار

پوٚز چھا زِ پُرزِ پُرزِ کرن تِم تہِ داستان
باہوش لُکھ تہِ سپدنہِ مُتؠ ورشٕکؠ شِکار...... ؟

پرٛتھ وانہِ أسی ٕکنان چھِ ستھ ہتھ وۄہُر سُہ مال
نُنٛدِ ریوٚش تہِ اشتہار تہِ لل دېد تہِ اشتہار

یاد از تہِ تِم مکان یَمن اَس زوٗنہٕ ڈب
سورُے شہر یہِ زانہِ زِ کم اَسی ناودار

دُنیاہ سکوٗل شُر تہٕ تسُنٛد اکھ گِنٛدن پھر
اختابہٕ یام دژاو تہٕ موکلیٲیہِ آتھوار

☆☆



شاید وں یِی نۂ چون کتھن ہُنٛد سُہ کاروان
یژکال گوٚو ژےٚ چھی نۂ وُٹھن پیٹھ شمع دزان

یَم ناگ ما وَدان دوٚہے چاۂنٛی میٛاۂنٛی پاۂٹھی؟
لوٚت لوٚت یتِھےَ تۂ ما چُھ یَمن آب کم گژھان

کٔڈ پھُٹجِہ منٛز دلیلہِ گۄری اکھ پہرِہن عجیب
ییتھ منٛز بُڈا اکھ أس شبس گاشہِ پھوٚتی کتان

اکھ گۄر نۂ تھکھ دِواں سُہ تبردار، ذٕے دوٚہس
واتاں یُتھےُ چُھ شام تۂ جاناورن ودان

از تام یُس گُلاب زٕنٛہے پھوٚل نۂ تتھ ڈٕکس
اکھ اکھ تمٕثیک وٕتھر چُھ مےٚ چشمن اندر بسان



# اکھ دٲر......ۍ منظر

## گوڈنیُک منظر

سِیاہ زُوِچ وَتھ شام یِوٕنۍ
ژھوٚٹاں ژھوٚٹاں گۄے
تہٕ وٲ ژمیٲنِس یتھ آنگنس منٛز
مےٚ گیرِ کوٚر ۂحشیِو ژوٕپاسے
اتھن اندر نیزٕ ہیتھ چھِ وَحشی

نبصف شۍچ چینٛخ گۄے کنن منٛز
خبرِ یہِ گٲمۍ کُکلہِ گردَنےٚ ژٕٹ!

شٕچ پٔتم گٔر
تہٕ زٔون کُنہٕ زٔنی
چھس چھےٚ پھٹنس تیار......
کیٛاہ گوم!!!

## دۄیُم منظر

سِیاہ زُوِس منٛز چُھ گرٛزٕ پرٛ وَن ہُنٛد
تہٕ لوٕتُلاں ہِندرِ پوشہِ برگن
سنگر چھِ سوزان گاشہِ ورشُن
گیوٚاں کُکِل، پوشہِ نۄل، بُلبُل
بچن چھےٚ ژٕر رآنچہٕ آپراوان
اٰلی پرٛ بزلان

☆☆

196

# خواب

سُہ گوٚژھ مُعجزٕ ہیوٚ گژھن زانہہ
مےٚ سمکھنہٕ گژھم شوخ، نوزُک تہٕ اسہٕ وِنہٕ جماتھاہ شُرٕ بن ہٕنز
سواسہٕ وِنہٕ جماتھاہ
زِپوٚنپرِ وُڈٕ ویوس کراں آسہے پر بتوٚ پیٹھٕ
یِمہٕ زِتنہٕ کیٚمہٕ ہوِ
وتن، آنگنن گاشِراواں یم آسن
شبس ژیرِتامتھ

مےٚ گوٚژھ کانٛہہ قلندر
سُہ، یُس کرِ نظر ہیوٚر تہٕ پیٚٹھٕ روٗ دشہرس
تہٕ ڈٕری یاو بَنہِ محلہٕ کِس پوٚنحتہٕ کوچس

مےٚ گوٚ ژھ کاٲہہ سخی از

سُہ ،یُس کا کدۄٚ ناواَنہِ ہے بنأ وِتھ شُربن کیُٛت

تہٕ شُری ترٛ اِو ہن اِد سبٹھاہ خوش گرِشھتھ یوسہٕ

یاشاہ کرِتھ اتھ پِپُس مٔز

سمِتھ سوزٕ ہن توپتن

ژرِپپکِ شوخ کوترنبس کُن

تھربن نیرٕ ہن گُل

یِہن پوٛشپر بن پر

پتےَ دورٕ ہن ننہٕ وأری تِمن شُری

أسِتھ تےَ گِندِتھ تےَ تھکِتھ ترٛ اِو ہن لر

ایوَرگرہن باغس اندرژ یرتامتھ



